# TALAASH ROZE JARI



## Novel

By: Dr. Sohan Koul

وُچھان وُچھان ہیٚوٚن بستی خالی گژھان۔ ساری اَسی سَن تس نِش یہِ وۄمید
تھاوتھ زیو ہے بچاو۔ یہِ پُھٹ دے۔ مگر یہِ طاقت اوس کیٚنہہ اَمس زیہ زِکاو ہے وۄباہ یا
موت۔ سُہ گو وپریشان تہٕ تس باسیو وچنِ یان سپٹھاہ لوکٹ، سپٹھاہ حقیر۔ ییلہِ تمی لوکٹ
لوکٹ بچہِ مران وُچھ، ییلہِ تمی جوان ژھژہ تہٕ ژھژٹ کران وُچھ۔ ییلہِ تمی ڈری یاوس منز
لاشن ہندی انبار وُچھ۔ سُہ تزۆل تہٕ وۄت پننس کمرس منز۔ اتہِ تہِ آس نہٕ قرار۔ یہِ وۆز اُس
کانٛسہِ کینٛہہ منگنٕچ، کانٛسہِ نِش رحمک درخواست کرنٕچ۔ مگر تیتھ کانٛہہ اوسُے نہٕ اتھ بستی منز۔
یِیُو اوس گوڈے تمو وتو نِش فرار حاصل کۆر مُت۔ سُہ گو وزن تہٕ پاگل۔ وۄدن کرٛزبکہ
زن آسہٕ تس کنن گاتھ سرتل ترٛاوان۔ تمی گرٛداریاہس کالس ژھژہ تہٕ ژھژٹ تہٕ آخرس
تیٚوٚن فاصلہِ تتھ جایہِ گوٚھنگ یُت سُہ کاکن تیٚوٚمت اوس۔ تمی وچھِ موچھِ زِ تہٕ گُنی دور
کوٚزن سُہ سفر طے تہٕ وۄت تتھ ڈکرِ پیٹھ۔ تتہِ اوس تتھے عالَم۔ تارکھ اَسی
رقص کران زوٚن زن اَس اسان۔ سوٚرے اوس الگے۔ سُہ وۄت اتھ جایہِ
اسمانس کُن گرِن نظرہ تہٕ سوٚنچن زِ نے چھایہِ دے بُلاون یُس نے بدلاون
یِژھوٚ۔۔۔۔۔ سے دے۔ مجبوری اَس یِژھ زِ تمی دژ گُنی کرزبکھ: "میٚوٚن فریاد بوز،
میٚوٚن فریاد بوز"



Design & Printed by
AHP Wathora # 9596076141

جملہِ حقوق چھِ مُصنّفِ سِندِ ناوِ محفوٗظ


| ☆ | | : | |
|---|---|---|---|
| ☆ | ناولہِ ہُنْد ناو | : | تلاش روزِ جاری |
| ☆ | مُصنّف | : | ڈاکٹر سوہن کول |
| ☆ | کمپیوٹر کتابت | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ 9596076141 |
| ☆ | تعداد | : | ۵۰۰ |
| ☆ | چھاپ | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ |
| ☆ | چھپن وٗری | : | ۲۰۲۱ء |
| ☆ | مول | : | ۳۰۰ روپیہ |
| ☆ | آرٹ | : | پروفیسر زرگر ظہور |
| ☆ | سرورق | : | الحسّین پرنٹرس، واتھورہ |


......☆......

# اِنتساب

تِمَن دانِشورن ہِنٛدِ ناوٕ

یِمو ''دَے'' پاُدٕ کوٚر، تہٕ

قیامتس تام تھُٲز تلاش

مَٹہِ تھاوٕ کھ۔

# پنُنۍ کتھ

کُنہٕ کُنہٕ وِزِ چھُس بہٕ سوٗنچان زِ اگر "ویسٹ لینڈ" کاشُری پاٹھۍ لکھنہٕ آسہے آمُت، کاشرِس محاورس منٛز، یہِ آسہے تیٚلہِ تہِ دُنی ہِہِکس بہتر ین ادبس منٛز شامل، رِکنہٕ کُنہٕ شلفس پیٹھ گردِ تہٕ ہایہِ کھیمُت۔ کتھ چھنہٕ یہِ زِ مے چھُ پننِس نقادہٕ سٕندِس ذہنس پیٹھ کانٛہہ شک، سون نقاد چھُ سیٹھاہ با شعوٗر تہٕ ادب شناس۔ تس چھُ واقعی یٚیمہِ کتھِ ہُنٛد یحساس زِ اصل کیاہ چھُ تہٕ فراح کیاہ گوٚو۔ مگر بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ سُہ چھُ مصلحتو کھیومُت۔ کاش سُہ کرِہے اکہِ پھرِ بغاوتھ، اکہِ پھرِ مانہِ ہے سُہ پننہِ دِمباغک، پننہِ ووٚنٛدُک...... اکہِ پھرِ نیرِ ہے سُہ اثر ورسوخہٕ منٛزٕ نبر اکھ مُجاہد بٔنِتھ، یِتھ پاٹھۍ ایذ راپاوِنٛڈ ایلیٹ سٕنٛزٕ نظمہِ نسبت دژاو، تۅہِ وُچھو سون کاشُر ادب کوٚت واتہِ، یوٚ دوٚے یہِ سپد، سو ناول آسِن یا نظم، سُہ افسانہٕ آسِن یا ڈراما، یوٚ زاد ب یکہِ بڑ وٕنٛہہ تہٕ چھر اکتھ گرٕھن مییٚو بُزی، شفاف ادبس تل دفن۔ کاش یہِ سپدِ ہے۔ یہِ انقلاب ییہِ ہے۔

انسانی ذہنٕچ اکھ خوٗبی چھےٚ تلاش، یہِ چھےٚ ازلہٕ پیٹھےٚ تس ستی، یٚیمہِ کِنۍ سُہ ترقی ہٕنٛدِس اتھ مقامس ووت۔ تلاش چھےٚ مختلف قسمن ہٕنٛزٕ تہٕ یِموٚے

منٛزٕ چھےٚ اکھ اہم تلاش ''دَیہٕ'' ہِنٛز ''خوداے'' ہِنٛز ''بھگوان'' ہِنٛز۔ یِہٕ تام نہٕ انسان پنٕنٮ۪ن سوالن جواب لبہِ، تۄتام گژھ میانہِ خیالہٕ یہِ تلاش روزٕنی، تِکیازِ ''دَے'' پانہٕ گارُن چھُ سبٕھاہ اہم۔ وَنی مَون تہٕ بوزمَون کتھن پیٹھ کۄتام کرِ انسان پرٛژھ۔ یِہٕ دوَے تسُنٛد وجوٗد مستحکم کرُن چھُ، تیٚلہِ چھےٚ تٔہنٛز تلاش ضرٗری۔ یِہٕ دوَے اُسی تلاش ترٛاو و، دَے راوِتہٕ اسہِ پزِ نہٕ تس راونہٕ دیُن۔ تٔہنٛدی کِنی چھِ اُسی تہٕ سانٛی کِنی چھُ سُہ۔ پٔنٕنہِ یہِ رِشتہٕ بدٕ کرٕنہٕ موکھٕ روزِ تلاش جارٖی۔

ڈاکٹر سوہن کول

# تلاش روزِ جارِی

تس ییٚلہِ یہِ محسوٗس گوٚو زِ حالتھ چھِ دوہہٕ خوتہٕ دوہہٕ بدتر گژھان، کُنہِ تہِ طرفہٕ چھُنہٕ کانٛہہ بہتری لبنہٕ یِوان، موت چھُ اُس وُہرِتھ زن تہٕ زاگہِ۔ زمین گیہِ اُسی تھپے، آبہٕ سَرتانی آے انسانٛی لاشو سٟتۍ پُرٕ وَنہٕ۔ یہِ بےبسی تہٕ لاچاٗری وُچھِتھ سوٗنچ تمۍ زِ یِس پیٹھ پرٛژھ اُس، تیمی سُنٛد یقین اوس، تمۍ ہیوٚک نہٕ کہنہٕ تہِ کٔرِتھ، سٟتی سوٗنچُن یہِ تہِ زِ پرٛژھِ گژھ پتہٕ کنہِ کانٛہہ منطق آسُن، کانٛہہ لاجک آسُن۔ یُس نہٕ وُچھ، تیمی نہٕ پننہِ آسنُک احساس دیُت، تس سٟتی کانٛہہ وومید تھاوٕنی اُس فضوٗل۔ اَتھی خیالس دَل دِوان ووت سُہ اتھ نتیجس پیٹھ زِ سُہ بدلاوِ پنُن دے، پنُن خوداے، پنُن گاڈ۔ سُہ کرِ اکھ نوٚو دَے تخلیق۔ سُہ دَے یس سُہ زانہِ، یس متعلق تس سورُے پَے آسہِ، مکمل ایوٚرنیس (awareness) آسہِ۔ شاید کرِ سُے ساٗری معاملہٕ حل۔ تہٕ امہِ خوفناک عالمہٕ نِشہِ دِیہِ موکجار۔ اتھ سوچس پتہٕ کنہِ اُسی بیٚیہِ تہِ کینٛہہ وجوہات۔ تس اُس یہِ کتھ تہِ دِماغس منز بیٹھِمُژ زِ "دَیَن" یا "خوداینٕ" چھُ نوبن حالاتن منز، نوبن چلینجن بڑ وٕنہہ کنہِ سرنڈر کوٚرمُت۔ یمہِ وِزِ تمۍ یہِ دُنیاہ بنوومُت آسہِ ہے،

تمہٕ آسہِ ہے نہٕ یہِ سوٗنچمت تہٕ زِیہِ کوٗت واتہِ۔ یوٗ دوٚے پےٚ آسہِ ہبس، تمہٕ آسہِ ہے پرٕتھ مسلک حل تمی وِزِ سوٗنچتھ تھوٚوٗمت۔ مگر ووٚنی اوس معاملہٕ بدل، خاصکر سانہِ پتھرِ خاطرِ۔ یہِ اُس خبر کمہِ تام آگر پچھنہِ پنہٕ عمن پنجن تل رٕٹمتٕ۔ نہ اُسس زٕوٗ کڑان تہٕ نہ یلہٕ تراوان۔ سُہ اوس یہِ تہٕ سوٗنچان زِ پتم کاٗتیاہ وٕری ووت اسہِ مندرن، مشیدن، گُردوارن تہٕ گرجاگرن منز منگہِ منگ کران زِ اسہِ کڈٕ تہٕ یمہِ تکلیفہٕ منزٕ، آگر پچھنہِ ہنزبو پنجو تلہٕ مگر کہنہ تہٕ سپد نہٕ۔ تکلیف بڑیٚ، مصیبت ہُریٚ، موت گوٚو زندگی پیٹھ حاوی۔ اوٚے نیوٗ تمی شاید فاصلہٕ زسُہ کرِ اکھ نوٚو ودٚے، نوٚو خوداے تخلیق، یُس بلکل جدید آسہِ، یتھ نوٚو سافٹ ویر لوڈ آسہِ، یمہِ کنِ تس أزی چھہِ پیچیدہ گیہِ، أزِکی تکلیف آسانی سان سمجھِتہٕ وٕلی وٕلی تمن ہُند حل بڑونہہ کنہِ تھاوِ۔ سارِوے خوتہٕ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ آگر پچھنہِ نش دِینٕ ناوِ آزادی۔ دٚے بدلاونک یہِ فاصلہٕ گوٚو یقینس منز تبدیل تہٕ پرٕاُنس دٚیس گُڈ بائی کرنچ وِزتہِ گیہِ طے۔ یہِ فاصلہٕ ہنہٕ وِزِ کوٗرنہٕ تمی گرِکین یا کانسہِ یارس دوستس ستی کانہہ مشورٕ تہٕ سیدِ سیوٗ دتھاوٗن پرٕبس کلبس منز اکھ پرٕبس کانفرنس۔ تمام بڑٕبن کثیو لوکٹن اخبارن ہندی کارسپانڈنٹ پیٚے واتتھ۔ کیٚمن چلن ہندی رِپورٹر تہٕ آے۔ تکیاز یمہِ انمانہٕ تمی امہِ پرٕبس کانفرنسہِ خاطرِ دعوت نامہٕ بنوٚوٗمت اوس، سُہ اوس تھوڑا دلچسپ تہٕ تتھ منز اوس تھوڑا سسپینس تہٕ "گُڈ بےٚ ٹو گاڈ"

"Good bye to God" اتھ ناوس تحت اوس یہِ کارڈ بناونہٕ

آمُت۔ اِ کنیٚ اوس سارِنے اِشتیاق زِ اتھ موضوعس پٮ۪ٹھ کیاہ ہیکہٕ اکھ

انسان وٕنتھ ییلہِ نہٕ تس تیوٚت طاقتھے چھ۔ خٲر، ٹھیکھ ۴ بجے گییہِ پرٛس

کانفرنس شروع تہٕ دٔس، ژاوبرابر ژورِ بجہِ ہالس منز تہٕ کھوٚت سٹیجس

پٮ۪ٹھ۔ سٹیجس پٮ۪ٹھ اُس بس اکھ کرسی، اکھ مائکروفون تہٕ اکھ لوٚٹ ٹی

پائے یتھ پٮ۪ٹھ ٹھانڈ تھاوِتھ آبہٕ گلاسہٕ اوس۔ یتھُے سُہ کُرسی پٮ۪ٹھ بیوٚٹھ، تٔمۍ اُنۍ

مائک تھوڑا پانس برٛونہہ کُن۔ ہوٚٹ کوٚرُن صاف تہٕ گوٚو شروع:

"لیڈیز اینڈ جنٹل مین، میانۍ یہِ پریس کانفرنس چھےٚ تھوڑا مختلف۔

یتھ منز چھُنہٕ کانْہہ اینکر، نہٕ کانْہہ چیف گیسٹ تہٕ نہٕ کانْہہ گیسٹ آف آنر۔

یہِ چھےٚ براہِ راست توٚہہ تہٕ مےٚ درمیان کتھ تہٕ بہٕ چھُس یَوہان زِ یہِ بہٕ

وَنہٕ، تی گژھ نیبر نیرُن، تی گژھِ چھپُن تہٕ تی گژھِ چینلن پٮ۪ٹھ ٹیلی

کاسٹ گژھن۔ کُنہِ تہٕ جایہِ گژھِ نہٕ اور یور گژھن، تمہِ ستی ہیکن معنے

بدلِتھ، تمہِ ستی ہیکہِ یٮ۪مہِ پریس کانفرسہِ ہُنٛد مطلب فوت سپدِتھ۔ بہٕ کرٕ

نہٕ تُہنٛد مزید وخ ضایہِ۔ بہٕ یٮ۪مہِ تہٕ کتھِ پٮ۪ٹھ یوسہٕ مےٚ وَنٕی چھےٚ۔" امہِ پتہٕ

گٔرٕ تٔمۍ رٔژھ کھنجہِ ژھوپہٕ تہٕ اُتھی منز ووٚتھ اکھ اخبٲری نمائندٕ تھوٚد تہٕ طنز

کران پرٛژھن "بس یِی اوسا یہِ ڈرامہ! گُڈ بائی ٹو گاڈ۔

"نہٕ حضور، تُہنٛدِ امہِ سوالہٕ ستی گوٚو یہِ شروع۔ مگر یہِ چھُنہٕ ڈراما،

بلکہِ چھِ میانۍ حقیقی جذبات ممکن چھُ میانۍ کتھ بوٗزِتھ ماآسن تُہنٛدی تہٕ یِیے

جذبات مگر وٗنتھ اُسو نہٕ ہیکان، حالانکہِ توٚہہ ٚنش چھِ بہتر لفظ، تہٕ تم کِنہٕ خاطرٕ بہتر بازر۔"

"سر۔ پلیز کم ٹو پوئینٹ (Please come to point)" بیاکھ اخبارٕ ری نمائندٕ ووٗتھ کتھ ژٹان۔

"یہٕ چھس توٚری ٚکن پکان۔ رژھا تھاٗوِ صبرٕ۔" دس، گوٚو تھوڑا جذباتی مگر ستی آو بیٚیہِ حبسن زِیہِ پریس کانفرنس اُس تمی بُلاوِمُت تہٕ امیُک مقصد گژھہِ رٔتھ کھُٚسن۔

"خواتین و حضرات! یہٕ چھس یژھان اُسی کرون اکھ نوٚو دٔرے۔ اکھ نوٚو خودائے، تخلیق۔ سُہ خودائے یُس اُسی زانون، یُس پیٹھ اُسی پژھ ہیکو تھاٗوِتھ، یقین ہیکو کٔرِتھ۔ پزٕ اُنس دٔیس، خودا یس کرٔ و گُڈ بائی۔"

"کیاہ!؟" اُتھی ستی چھےٚ ساریے ہالس منز سنسنی ہش پاٗدٕ گژھان، اُڈی چھِ مذاق کران تہٕ اُڈی چھِ سنجیدگی سان اتھ جُملس پیٹھ سوٗنچان۔ اُڈی چھِ اُمس پاگل قرار دِوان مگر اُڈی چھِ ونان زِیہِ چھےٚ سوٗنچنی لائق کتھ، تہٕ اُتھی منز ؤژھ اکھ مشہوٗر انگریزی اخبارٕچ کارسپانڈنٹ تہٕ لاٗ ٚگنی سوال پزٕ ژھنی:

"سر، تُہنٛدِ بدلاونہٕ ستی پیاسہ واقعی بدلاونہٕ؟ تہٕ دوٚیم سوال زِ اَمِچ ضرورت کیازِ پیٚیہِ؟"

"میڈم! گوڈٕ دِمہٕ بہٕ تُہنٛدِس دوٚیمس سوالس جواب۔ سُہ گوٚو

ضرورت کیا زِ پیٚہِ نوٚ ودَے، نوٚ وخوداے تخلیق کرٕنچ، بناوٕنچ۔ توٚ ہو ساٗری
یم تہٕ یِتھِن موجود چھِ، چھِ سائنسی دورٕ کیٚ پاداوار تہٕ امہِ نِش ہیکہِ نہٕ کانٛہہ
تہٕ اِنکار کٔرِتھ۔ توٚ ہو ساٗری اَسِو زانان زِ کانٛہہ تہٕ مِشین، کانٛہہ پاور بینک
یا کانٛہہ پاور سورس چھ وارٕ وارٕ ژھوکان، اوٗٹ ڈیٹ گژھان، تمیک
سافٹ ویٚر تہٕ چھ پرٕون سپدان، یُس نہٕ نٔوۍ تقاضہٕ پوٗرٕ کٔرِتھ چھ
ہبکان۔ تتھ چھینہٕ یِتھہ پھرتی یا تیُتھ طاقت روزان یُس تتھ گوڈٕ گوڈٕ
آسان چھ۔ ساٗنس خوداِیس، دَیس، بھگوانس، گاڈس تہٕ گٔے واریاہ
وٗری بارسس آمتیس۔ لاٗزمی چھ زِ تمہِ وِزِ آسہِ ہے یہِ زندگی ہِنٛد بن تِہٕنے
تقاضن تحت بدٕ کڈنہٕ آمٕت۔ تیُتھے سافٹ ویٚر آسہِ ہے اتھ لوڈ کرنہٕ
آمٕت۔ مگر وٕنکین چھِ زندگی ہِنٛدۍ تقاضہٕ بدل، مسأئل چھِ بدل تہٕ یہِ
پرٛاٗنی مشین چھنہٕ یِمن مسلن ہُنٛد حل دِتھ ہبکان۔ اوٕ کِنۍ چھِ نوٚ مشین
لاٗزمی۔ نوٚ وخوداے، نوٚ ودَے، نوٚ وگاڈ ضروری۔ تہٕ مےٚ چھ فاٗصلہٕ
نیوٗمُت زِ یہٕ بناون پننہِ خاطرٕ نوٚ "دَے"۔ زندگی ہِند بن نوبن تقاضن پوٗرٕ
کرنہٕ موکھ، یِمہِ وُجارٕ گی منٛزٕ نجاتھ دِنہٕ خاطرٕ۔ چاہے کانٛہہ تِس تسلیم کرِ یا
نہٕ۔ دوٗیم اہم کتھ یوسہٕ اَتھی ستی جُڑِتھ چھےٚ، سو گٔیہِ یہِ زِ پتِم واریاہ
وٗری، مےٚ چھنہٕ یاد تہٕ توہہ تہٕ آسہِ نہٕ یاد...... یوٗت کال ووت اسہِ
مندرن، مشیدن، گُردوارن تہٕ گرجا گرن گژھان، اَمِس "دَیَس"
"خوداِیس"، "بھگوانس" تہٕ منگہٕ منگ کران زِ ساٗنی حالتھ گژھ بہتر

سپدٕنی ، أسی گژھی یٖمہٕ دولابہٕ منٛزٕ نیرٕنی مگر تہٕ ہیوٚک نہٕ سپدِتھ۔ یوسہٕ حالتھ از بڑٕ وٕنِہہ واریاہ وٕری اُس، سوے چھےٚ از تہٕ۔ یم وٕری چھِ ساسہٕ وادن وٕرِیَن برابر، ساسہٕ وادن وٕرِیَن ہنٛدِس تکلیفس برابر۔ زیوٗژھینہٕ، قیامت گیہٕ، ہیرٕ تھوٚک نادلاے لاے مگر سہٕ آونہٕ، تہٕ نہٕ سوٗزُن کانٛہہ۔ بس روٗدساٗنی بےبسی وُچھان تہٕ خوش گژھان۔ توہہ منٛزٕ چھا اتھ کانٛسہٕ اِنکار۔ تِہنٛزٕ یہٕ ژھوپہٕ چھےٚ مےٚ حوصلہٕ بخشان تہٕ امی حوصلہٕ چھس ئہٕ تہٕ یہٕ مانان زِ سون مہربان دَے، خوداے، بھگوان کرِ ہے نہٕ یوٗت تغوفل۔ مگر مسلہٕ چھُ شاید تِہنٛدِ اختیارٕ تہٕ مبر۔ شاید چھُنہٕ تس کہنی چلان۔ اِو کنی چھُ ضروری زِ اکھ نوٚو ''دَے'' گژھ آسُن ،یُس واقعی سانٕین مسلن سنہٕ تہٕ پتہٕ کُلِ عالمہٕ کین مسلن تہٕ سام ہیٚیہٕ۔ سہٕ ''دَے'' یس متعلق اسہٕ ساریٚ پےٚ آسہٕ۔ یس متعلق اُسی aware آسَو۔ یس نہٕ أسی اٮ۪رس منٛز پتہٕ پتہٕ پکَو۔ مےٚ چھےٚ یہٕ ووٚمید زِ توٚہی کرِ وٕ یہٕ سوچ پھاپھلاونس منٛز میون مدد۔ ووٕنی روٗ دِتہنٛد گوڈنیک سوال زِ میانہٕ بدلنہٕ ستی بدلیا سہٕ۔ یہٕ چھُ بڑی اہم سوال مگر یوٚ دوَے یہٕ پرٕ ہوٚ پچھو سِول سوسایٹی میانٕین کتھن ستی متفق سپدِ، تیلہٕ چھُ ممکن یہٕ بدلہٕ۔ مگر بدلاو چھُ لازمی۔ یہٕ چھےٚ ساٗنی ضرورت، سون مِشن۔'' أتھی ستی کرٕ تمی ژھوپہٕ۔ ترٛیشہٕ دام چیتھ ہیوٚتھ سہٕ سوالن ہٕ ژارنہٕ۔

''توہہ چھاپےٚ زِ امہٕ خاطرٕ دِن توہہ لُکھ پاگل قرار، کنہٕ کنہٕ کڈٕ نو۔'' پتہٕ کنہٕ ہیتھ اَکی رِپورٹرن کوٚر رپٹن خدشہٕ یتھ کُن بیان:

"مےٚ چھےٚ پےَ مگر یوٚ تام نہٕ کانٛہہ کأٹھس کھسہِ، وَتھ ہِکتھٕ گژھہ
صاف۔ کینٛہہ نفر چھِ واقعی تِم تہٕ یتھ سماجس منٛز، یِم نہٕ قطعی یہِ یژھن زِ
یِژھ کانٛہہ کأم گژھِ سپدٕنی، تِکیاز تِہنٛد کاروبار، تِہنٛدی دُکان گژھن بند۔
مگر مےٚ چھُ تُہنٛدِس قلمس پیٹھ بھروسہٕ تہٕ یقین۔ یوٚ وَے توٚہۍ پننٕ قلم
استعمال کٔرِو، پننٕ سوچ اتھ منٛز ترٛأوِو، یہِ سپد ممکن۔ I know you can
do it اتھ پیٹھ چُھ اکھ اخبأری نمایندٕ ژٔرِ یوٚپ کران تہٕ تھوٚد وۅتھان۔
"قوربان کرنہٕ خأطرٕ آیا توٚہہ أسی اتھِ، ہُنٛہہ! سأنی اخبار دزن،
سانٛین چینلن ہیٚیہِ نار، سر بُلند ٹاور پین چھلہٕ چھلہِ، کُل عالمس گژھِ جتہٕ
ہِتس، یوٚ دوٚوے یمہِ کانفرنسہِ ہُند اکھ لفظ تہٕ کُنہِ جایہِ ظأہر گژھہ۔"
"گوٚو پیٹھ ہمت چھُنہٕ توٚہہ منٛز۔ مےٚ گژھہ معأفی دِنٛی۔ مےٚ أس
رائے زِ مےٚ بُلٲوی بہوٚدُر لُکھ یور۔ مےٚ کیتہِ أس پےَ زِ یِم نیرن بُزدِل۔
مےٚ أس پےَ زِ توٚہۍ چھِوٕ سہہ مگر توٚہۍ دژأوِ کاغذی سہہ۔ I am sorry
یہِ کانفرنس وأژاند۔" Let us have high tea امہِ جُملہٕ ستی گۓ
سأری خاموش۔ تمام لفظ، تمام شور ووت اند، سورُے طنز گوٚو بگلِتھ
ہمدردی منٛز تبدیل۔ دٔس ووٚتھ سٹیجہِ پیٹھ بون تہٕ اکہِ اکہِ گوٚو تمام
اخبأری نمایندن تہٕ کارسپانڈنٹن نِش، تِمن ستی اتھواس کٔرِتھ کوٚرُن تِمن
چایے چینہٕ خأطرٕ درخاس۔ سأری گۓ چایہِ پیٹھ جمع۔ قریباً شبن بجن تام
روٗزا لتہِ گہما گہمی۔ تمہِ پتہٕ دژاے سأری تہٕ تِمہٕ کٔری تِم دروازس پیٹھ اکہِ

اکہِ روخصت۔

دۄیمہِ دُہک آفتابہٕ کھۆت اکھ طلاطُم ہیتھ۔ تمام اخبارن منٛز، تمام نیوز چیٚنلن پیٹھ اُس یُہے کتھ تہٕ یتھُے گوڈنیُک اخبار بازرس منٛز ووت، ژووا پاسے لۄگ نار۔ پرٛتھ کانٛسہِ فریقن دِژ بندٕچ کال، لُکھ وژاے سڑکن پیٹھ۔ قسمہٕ قسمہٕ کیٛو نعرو سٟتی گژ بزِ ژۄوٕ سورُے شہر۔ ''سُہ ناستِک گٔرِ وۄن پیش، سُہ کافِر زالِو وۄن زِندے نارٕ۔'' سُہ athiest أنِ وۄن لُکن برٛونٛہہ کُن۔'' یِتھی تہٕ بیٚیہٕ باقی قسمکی نعرٕ اُسی ژووا پاسیٚ ماحولس بھیانک بناوان۔ أتھی منٛز گۆو کمہِ تام طرفہٕ نار ظاہر تہٕ کٔمی تام دِژ کرٛیکھ، ''ہیا گرٕ ہاز وٕہس جہنٛمی یس۔''

''ووٕنی ترٛبس شیطانس فِکرِ یِم شیطان خیال پھالاوِنی کیاہ گے۔''

دۄیم ووٛتھ در جواب۔ أتھی منٛز گیہِ چھگ تہٕ ٹیٛر گیس شَکل آے ژووا پاسیٚ چھکرَنہٕ، امِکۍ دُہی کۆر ریٚتھ اکھ عالَم پادٕ زِ باسیوٚ آفتابہٕ لۆس کھسٲنۍ کھسٲنۍ۔ أتھی منٛز گیہِ پوٗلیسس تہٕ لُکن درمیان جھڑپ تہِ۔ اورٕ یور چلاوکھ کنہٕ، اکھ أکِس پتہٕ دوریٚنے۔ واریاہ گے چھوکہٕ لد تہٕ ایمبلنسن ہنٛزٕ سایرَنہٕ تہِ ہیٚون ژووا پاسیٚ کنن گرٛھنہِ۔ افراتفری ہُنٛد عالَم گٔنیوٚ وٕتھ زِ حکومتس پیوٚ وَسارِ ہے شہرس کرفیوٗ لگاوُن۔ سڑکہٕ گیہِ یکدم سنسان تیار۔ ریڈیوٗوس تہٕ ٹی وِیَس پیٹھ تہِ آو کرفیوٗک اعلان کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ آسہٕ پُلسہٕ جیپہٕ پرٛتھ سڑکہِ تہٕ چوکس پیٹھ کرفیوٗک اعلان کران۔

"مےٚ چھےٚ پےَ مگر یوٚ تام نہٕ کاںٛہہ کاٗتھس کھسہِ، وَتھ رٕکتھٕ گژھ صاف۔ کینٛہہ نفر چھِ واقعی تم تہٕ یتھ سماجس منٛز، یم نہٕ قطعی یہِ یژھن زِ یژھ کاںٛہہ کاٗم گژھِ سپدٕنی، تکیازِ تہنٛد کاروبار، تہنٛدی دُکان گژھن بند۔ مگر مےٚ چھُ تہُنٛدِس قلمس پٮ۪ٹھ بھروسہٕ تہٕ یقین۔ یوٚ وَے توٚہۍ پنُن قلم استعمال کٔرِو، پنُن سوچ اتھ منٛز ترٛاوِو، یہِ سپدِ ممکن۔ I know you can do it اتھ پٮ۪ٹھ چھُ اکھ اخباٗری نمایندٕ ژٔرِ یوٚپ کران تہٕ تھوٚ دوو تھان۔

"قوربان کرنہٕ خاطرٕ آیا توہہ اَسی اتھِ، ہُنٛہہ! ساٗنی اخبار دزن، سانٮ۪ن چینلن ہیٚیہِ نار، سربُلند ٹاور پٮ۪ن چَھلہٕ چَھلہِ، کُل عالمس گژھِ جتہٕ تس ٕتس، یوٚ دوٚے یٔمہِ کانفرنسہِ ہُنٛد اکھ لفظ تہٕ کُنہٕ جایہٕ ظاہر گژھ۔"

"گوٚو پیٚرٕ ہمت چھَنہٕ توٚہہ منٛز۔ مےٚ گژھِ معاٗفی دِنٛی۔ مےٚ اُس رائے زِ مےٚ بلاٗوِی بہوُدُر لُکھ یور۔ مےٚ کتہِ اُس پےَ زِ یم نیرن بزدِل۔ I am sorry مےٚ اُس پےَ زِ توٚہۍ چھِوٕ سہہ مگر توٚہۍ دژاٗوِ کاغذی سہہ۔"

یہِ کانفرنس واٗژ اند۔" Let us have high tea امہِ جُملہٕ ستی گےٚ ساٗری خاموش۔ تمام لفظ، تمام شور ووت اند، سوٗرے طنز گوٚو وبگلِتھ ہمدردی منٛز تبدیل۔ 'س' وۄتھ سٹیجہِ پٮ۪ٹھ بون تہٕ اکہِ اکہِ گوٚو تمام اخباٗری نمایندن تہٕ کارسپانڈنٹن نِش، تمن ستی اتھواس کٔرِتھ کوٚرُن تمن چاے چینٕہٕ خاطرٕ درخاس۔ ساٗری گےٚ چایہٕ پٮ۪ٹھ جمع۔ قریباً شین بجن تام روٗزِ اتہٕ گہما گہمی۔ تمہِ پتہٕ دژاے ساٗری تہٕ تمۍ کٔری تم دروازس پٮ۪ٹھ اکہِ

اکہِ روخصت۔

دۆیمہِ دُہٕک آفتابہِ کھۄت اکھ طلاطُم ہیتھ۔تمام اخبارن منٛز، تمام نیوز چینلن پیٹھ اُس یہٕے کتھ تہٕ یتھے گوڈنیُک اخبار بازرس منٛز ووت، ژھوواپاسے لۆگ نار۔ پٔتھ کانٛسہِ فریقن دِژ بندٕچ کال، لُکھ وژاے سڑکن پیٹھ۔قسمہٕ قسمہٕ کیٚ نعرہٕ ستیٚ گرٚزیوٚ سورے شہر۔ ''سُہ ناستِک گٔرِی وۄن پیش، سُہ کاٗفر زاٗلِی وۄن زِندے نارٕ۔'' سُہ athiest أنی وۄن لُکن برٛونہہ کُن۔'' یتھی تہٕ بیٚیہ باقی قسمکیٚ نعرٕ اُسی ژھوواپاسیٚ ماحولس بھیانک بناوان۔اُتھی منٛز گوٚو کمہِ تام طرفہٕ نار ظاہر تہٕ کٔمی تام دِژ کرٛیکھ، ''ہیا گرٕ ہاز وٗلہس جہنٛمی یس۔''

''ووٗنی تربس شیطانس فِکرِ یِم شیطان خیال پھاٗلاوٕنی کیاہ گے۔''

دۆیِم ووٗتھ در جواب۔ اُتھی منٛز گیہِ چھگ تہٕ ٹیٖر گیس شل آے ژھوواپاسیٚ چھکرٕ نہٕ، امکی دُہی کوٚر تیٚتھ اکھ عالم پاٗدٕ زِ باسیوٚ آفتابہٕ لۄس کھسأنی کھسأنی۔اُتھی منٛز گیہِ پوٚلیسس تہٕ لُکن درمیان جھڑپ تہِ۔اورٕ یور چلاوکھ کنہٕ، اکھ أکس پتہٕ دورٕیے۔ وارِیاہ گے چھوکہٕ لد تہٕ ایمبلنسن ہیٚنٛز سایرٕنہٕ تہِ ہیٚون ژھوواپاسیٚ کنن گرٛھنہِ۔افراتفری ہُنٛد عالم کٔنیو وُیتھ زِ حکومتس پیٚیوٚ سارِسے شہرس کرفیو لگاوٗن۔سڑکہٕ گیہِ یکدم سنسان تیار۔ریڈیوٗس تہٕ ٹی وِیس پیٹھ تہِ آو کرفیوٚک اعلان کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ آسہٕ پُلسہٕ جیپہٕ پٔتھ سڑکہِ تہٕ چوکس پیٹھ کرفیوٚک اعلان کران۔

بہر حال یمنے دون ترٛ بن گھنٹن منٛز سپز تباہی تہٕ واریاہ تہٕ ساسہٕ بدی گٔے چھوکہٕ لد تہٕ کینٛہہ گٔے از جان تہٕ۔ تیمی ہٕنٛزِ پریس کانفرنسہِ یہِ سوٗرے کوٗر، سہٕ کوٚت گوٚو تہٕ تس کیاہ بنیوٚو، یہِ چھُ یمہِ کہانی ہُنٛد اصل سوال۔

یُتھُے شہرس منٛز وولہٕ ہرِش تیزٕ نی ہیٚوٗن، پلسن نیوٚ ''س'' تہٕ توہنٛد عیال تٔہنٛدِ گرِ گرٛتھ تہٕ واتنوٚوکھٔ کُس نامعلوٗم جایہِ، ییٚتہِ یہِ پلسہٕ حفاظتس منٛز تھاونہٕ آو۔ یپارٕ کوٚر لکو گرٕس حملہٕ تہٕ وُچھان کوٚرُکھ خاکستر۔ یہِ مامِلہٕ گوٚونہٕ اتی ختم بلکہِ گوٚو اتھن شروع۔ مسجدن، مندرن تہٕ گُردوارن منٛز آیہِ مِٹنگہِ منعقد کرنہٕ تہٕ تمام لکن آو یہِ وننہٕ زِ اتھ ڈدیہ متس گرٕس أندی أندی گرٛتھ اکھ دیوار کھڑا سپدُن تہٕ اکھ بورڈ گرٛتھ نصب سپدُن یتھ لکھتھ آسہِ ''شیطان ہُنٛز جاے'' اکھ مکمل بایکاٹ گرٛتھ اتھ گرٕس ہتی سپدُن۔ شیطان گرٛتھ بلکل الگ تھلگ کرنہٕ یُن۔ یُس سأنس یقینس فرِ، تِتھس شیطانس چھُنہٕ سأنس سماجس منٛز زِندٕ روزنک کانٛہہ حق۔ اڈو مذہبی رہنماہو وٚن زِ یُتھ شخص گرٛتھ سنگسار کرنہٕ یُن، تکیازِ یتھِوے شخصو چھےٚ وِزِ وِزِ انسانس وَتھ راوِ رٔٹ تہٕ تس ہٕنٛدِس ایمانس دَدارِ واتنوٚومُت۔ سأرِسے سماجس گٔیہ کُنی کرٛ بکھ کُنےٚ آلو۔ یپارٕ اوس وٗس پننہٕ غمن باٗژن منٛز زن تہٕ ژمیوٗمُت، باٗژ اٗسی نہٕ زیادٕ کینٛہہ تکیازِ تس اوس حال حالے خاندر سپدِ مُت، اِو کُنی اوس نہٕ وُنہِ اولاد تہٕ کانٛہہ۔ پننہِ آشنہِ علاوٕ اوس أمس مول تہٕ موج۔ مول اوس پننہِ نِس نیچوی ہٕنٛز حالتھ

وُچھِتھ سیٹھاہ پریشان۔ سُہ اوس سونچان زِ اپُز تہٕ وۄن نہٕ اۘمِ کینٛہہ مگر یوسہٕ کتھ نہٕ لگن وٕ یہِ، سو گژھ نہٕ کرٕنۍ۔ تِکیازِ ئو کتھ چھنہٕ لُکھ سہل سہل بوزان۔ یہِ اوس یہِ اۘندری سونچان مگر نچوٚس بہریو وٕنہٕ کینٛہہ تہٕ ونُس۔ تِکیازِ تس اُس پےٚ زِ تو ہنٛد نچو چھُ زیرک، تس چھےٚ بہتر عقل تہٕ بہتر سوچ۔ موج اُس زن تہٕ دم پھُٹ ہش گاۘمٕژ۔ تس اوس نہٕ فِکری تران زِ سپدٕ کیاہ تہٕ کیازِ سپدٕ۔ سو اُس امہِ کنہٕ تہٕ پریشان زِ امہِ کتھِ ہتی کیازِ وۄتھ یۄت طلاطُم۔ یہٕ دوٚے انسانس پننِس دیَس پیٹھ پٔنُن ایمان مستحکم چھُ، تیلہِ کیازِ وولِہ سُہ۔ کانٛہہ ؤنۍ تن کینہٕ تہٕ، ایمان والین گژھ نہٕ پریشانی گوھنۍ۔ تمہِ کوٚر یہِ سوال خانہٕ دارس، مگر تمۍ دیُت نہٕ اتھ کانٛہہ جواب۔ ؤس اوس پریشان زِ تمۍ کوٚر شاید غلط۔ غلط گوٚ ونہٕ امہِ کنہٕ زِ شوٗرِش ؤژھ، بلکہِ اوِ کنہٕ زِ ئُہنٛدِس عیالس لٔج کھکھر۔ اۘتھی منٛز دِژ اۘمۍ پننِس فونس تازٕ خبر زاننہٕ خاطرٕ نظر، اَتہٕ وُچھِن سوشل میڈیاہس پیٹھ پننہِ ناوٕ سیٹھاہ واۘہی تباۘہی۔ تمہٕ تصویرٕ وُچھن پننہٕ نِس فوٹوس ہتی اٹیچ کرِتھ زِ انسانس اُس سائنٔس کمن یمن ایجادن ہتی تہٕ نفرت گوھان۔ تمۍ کوٚر فون بند تہٕ لوٗ تہٕ لوٗ تہٕ ووٗتھ تہٕ گوٚ ودارِنِش۔ پلسہٕ واۘلی کوٚر اۘمِس اور گژھنس منع۔

”جناب دارِ گن مہٕ گرِھو، کانٛسہِ ہے نظر پیٚیہِ، ژےٚ ہتی پیٚیہِ اَسہِ تہٕ شہمت۔“

”ییٚتہٕ کس پیٚیہِ مےٚ پیٹھ نظر۔“

"جناب بلاین چھاہنگ، یہو اندر کُن تہٕ سوٚنچو بڑٕ وٕنہٕ کُن کیاہ
کرِو۔ گرٕھو یہو ہورکُن۔"

نِچوِ ہنز بے بسی وُچِھتھ اوس مول موج سخ پریشان۔ اُہنز آشِنۍ
تہٕ اُس دم پھٹِ گامٕژ۔ اندری اُس سوٚنچان زِ وُچھان کیاہ سپد
یہِ، اُلی ناش گوٚو۔ دُس' تہٕ اوس پننہٕ غلطی پیٹھ وونی پچھتاوان۔ سُہ اوس پننہٕ
جلیہِ سونچان زِ لیس دِیَس، بھگوانس، خودایس پیٹھ فالووِنگ
(following) چھےٚ، تس ہتی پزِ ہے نہٕ چھیرُن۔ تس اوس لُکن ہنزِ عقلہِ
پیٹھ تہٕ ترس یِوان زِ یُس نہٕ یمو وُچھمُتے چھُ، سمجھ مُتےٚ چھُ، تیمی نہٕ کہنہِ تہٕ
گرِتھ ہیوٚک، تس پیٹھ کتھِ چھُ یمن یقین۔ یی سونچان سونچان گوٚو شام
مگر نیٚبری اُسی حالات بدستوٗر خراب۔ لُکھ اُسی منگ کران زِ یہ کاٗفر، یہ
ناستک، یہ atheist گری وٕنان اسہٕ بڑٕ وٕنہٕ کنہِ پیش، اُسی ہمو اُمس
حساب پانٕے۔ لاوُڈ سپیکرن پیٹھ آسہٕ اناونسمینٹہٕ بدستوٗر سپدان زِ کرفیو
چھُ جاری، پتمِن پتمِن گرن اُژو۔ رِپورٹ اوس زِ واریاہن جاین چلیٚے
گوٚلی تہٕ واریاہ نفر چھِ از جان تہٕ گامٕتی۔ واریاہ چھِ شدید زخمی
سپدی مٕتی۔ ہسپتال چھِ زخمیو ہتی برِتھ۔ اڈبن زخمیَن چھُ سڑکن پیٹھ یلاج
سپدان۔ حکومت اُس ساریے حرکتس منز آمٕژ۔ حالانکہِ امہِ بڑٕ وٕنہٕ تہٕ
اُسی جلوٗسہٕ نیران، کنہِ جنگ سپدان مگر یتھ پیمانس پیٹھ از حالت خراب
گےٚ، تتھ پیمانس پیٹھ سپدی نہٕ زانہہ۔ یہِ کتھ تہٕ اُس وونی صاف زِ

یۆ دوَے کُنہِ قومس وُنِش دیُن چھ، دَیَس' گرِ وحملہٕ،قوم گژھ پانے زخمی۔یَپاٗرِ اُسی نامعلوٗم پُلسہٕ تھانچہٕ اَکس کوٹھرِ منز یم ژوشوَے یِمو خبرو کِنی موژ ہِتی تہٕ ژوشوٕنی اُسکھ یہ فِکر زِ بڑوٚنہہ کُن کیاہ سپد۔یہ اُس تہٕ ویسے پریشاٗنی ہنز کتھ۔نیٚبر گژھن نہٕ حالات کم سے کم شمن رتن تہٕ ٹھیکھ۔یُس نوقصان سرکاٗرِ جایداس واتناونہٕ آو،سہٕ اوس کرورن منز، اوِ کِنی ہیکہِ ہے نہٕ معاملہٕ ؤلی ؤلی ٹھنڈ گژھتھ۔

''گوٚ براز یادٕ سوچنس چھ زیادٕ بلاے۔ہمیشہِ گژھ تی سوچُن یا تھی آس پاس سوچُن، یہ زن سماجس منز چلان آسہِ،مُروَج آسہِ۔لُکھ چھِنہٕ نوٚ کتھ برداش کرنہٕ خاطرِ کُنہِ تہٕ دورس منز تیار اُسی ہتی۔اسلئے سپد مخالفت۔لُکہٕ موٚت گوٚ وانہِ گوٚٹ۔''

''صحی چھ ٹاٹھیا۔مےٚ گر غلطی۔مےٚ پزِ ہے نہٕ یِتھ کتھ کرنی، تِکیازِ سانیو مذہبو چھ لُکن ہُند برداش کم کوٚ رمُت،تِہندِ سوچ صلاٗحیت کم گرٕہٕژ۔کانٛہہ تہٕ مذہب رٕتن،بس تِمے بنیاٗدی کتھ بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ۔''

''تہٕ ہا اوس ٹھیکھ پوٚ ترا۔بڑوٚنہہ کُن سوچ،کرَو کیاہ تھس عالمس منز،زِند رِکتھ روزَو۔یم ییلہِ کرَن،اُسی کوٚت گژھو۔''

''آہنی موجی،یہ تہٕ چھس تی سونچان۔''اُتھ منز چھ دس بیٚیہِ فیس بُک تہٕ whatsapp کھولان۔اَتہِ یہ تس پانس متعلق درٕینٛٹھی گژھان چھ،تہٕ وُچھتھ چھ سونچان زِ جہالت کِس دورس منز تہٕ آسہِ نہٕ

لُگو یہٕ کوٚرمُت، وۄنمُت یالیوٚ کھمُت۔ سُہ چُھ فونہٕ منٛزٕ سِم کڈان تہٕ تتھ ٹُکرٕ ٹُکرٕ کران تہٕ ہورلایان۔ تس چھِ پتاہ زِ یہٕ سِم لگہِ نہٕ ووٚنی کُنہٕ، بس اَکِس کامہِ، تہٕ سوٗ گیہِ تس تام لبکہٕ تہٕ تھوکہٕ واتناونہٕ۔ اسلئے موکلووٚ تمۍ یہٕ نِیاپی۔ اَتھۍ دوران آے اَمِس کیٚنژن زاٗنی کارن ہنٛدۍ فون تہٕ مگر اَمۍ تُل نہٕ کانٛہہ۔ شاید امہِ فرٕٹہِ زِ لوکیشن ماکرن ٹرٕیس(trace)۔ خاٗر، ووٚنی چُھنہٕ فون پِنگ سوالہٕ، تِکیازِ سو وَتھے گرأمۍ بند۔ اَتھۍ منٛزٕ آو اکھ پُلسہٕ وول یمن ژوٗٹ ہیتھ۔

''تھانہٕ دار صاٗبن وۄنمُو ژوٗٹ کھیٚیوٚ تہٕ روٗزِ وتیار۔''

''اسہِ کوٚت حض چھُ گرٕھن۔'' سُہ وۄتھ پُلسہٕ واٗلِس کُن تھوڑا کھوٗژۍ کھوٗژۍ۔

''تہٕ زانہِ تھانہٕ دار صاٗب تہٕ توٚہۍ، مےٚ کیاہ پےٚ۔ کھیٚیوٚ توٚہۍ یہٕ ژوٗٹ، یہٕ چھوٚونہِ گرٕمے۔''

یُہ چھِ ہتۍ چھِ ژوشوٚے آسان۔ ژوشوٚے چھِ اکھ اَکِس نزدیکھ یوان تہٕ یمن ژوچن وُچھان۔

''وُچھان کیاہ چھوٚ، یہٕ چُھ رِزق، یہٕ گوٚو کھیٚون۔'' موج وٕژھ سارِنے کُن تہٕ اَمہِ پتہٕ لاجِ ژوشوٚ یمہٕ ژوچہِ کھیٚنہِ۔ اَتھۍ سِتۍ گُزرِیوٚ وَ گھنٹہٕ کھنڈ، اوٚ تام بجے یہٕ راٗتھ منٛزٕ باہ تہٕ نیٚبرۍ تہٕ گوٚو حالاتن دَب۔ کُنہِ کُنہ جایہ اوس وُنہِ ناردر ینٛتھۍ گوھان۔ دُہی لمبکھ اَسی وُنہِ تہٕ اَسمان کھسان

مگر لُکھ اُسی پتھن پتھن گرن ووٚنی ژاۂتی، سڑکہ آسہٕ خاموش۔ اُتھی منٛز آوتھانہٕ دار صأب یمن نش تہٕ ووٚننکھ۔

یوٚ دوٚے ژوٚٹ کھیٚو، تیلہِ پکو مے ستی۔"

"کوٚت حض۔" ماٗلی پرٛژھ تھاندار صأبس سبٹھاہ احترامہٕ سان۔

"مے چھُ حکم توٚہی گژھِنہ دوٗر جایہِ واتناوِنی...... یمہِ شہر واریاہ دوٗر۔ ییٚتہِ پھٹہٕ نہٕ تُہنٛز کانٛہہ تہِ شیٚچھ یور واتِتھ ہیکہِ، تہٕ نہٕ توٚہہ کانٛہہ شیٚچھ یمہِ شہرچ میلتھ ہیکہِ۔"

"مگر جناب تتہِ کیاہ کرو اسی۔ زِندٕ رِکتھٕ روزَو۔" "س' ووٚتھ تھاندار صأبس سبٹھاہ عاجزی سان۔

"تہِ گوٚژھ ناتمہِ وِزِ سوچُن، ییلہِ یہٕ پھرژار کوٚرتھ۔ پے چھیٚہِ؟ لُکھ چھی ژنے تھیٚہِ تھیٚہِ ژھانڈان۔ ژنے بچاوان بچاوان گے درجن واد پُلسہٕ واٚلی زخمی۔ آرمی پیٚیہ سارِسے شہرس تژاوِنی۔ تامتھ دِژتھ پریس کانفرنس! ضروٗرت کیاہ اُسے ژنےٚ تس متعلق کتھ کرنٕچ، لیس پیوٚ بڑ جماعتھ پتہٕ گنہِ چھنے۔ ہُنہٕ! وُتھِو ووٚنی جل جل، پتہٕ ییہِ گاش۔ پتہٕ چھینہٕ یہِ کأم ممکن۔"

"مگر پوٚترا گرٕ ھو کوٚت۔"

"موجی تہٕ چھینہٕ مے پانس پے زِ گرِھو کوٚت تہٕ گرِو کیاہ۔ میأنی

کاٗم چھِ توٚہۍ ییٚمہِ شہر کہِ سرحدٕ نِش دوٗر رواتناوٕنی۔ بس۔ مےٚ چھُ سونچُمت زِ توٚہۍ تراوو وٕبہ مغرِبہٕ طرفہٕ کُس ریگستانس منٛز، تِکیازِ تورٕ چھُ یُن گژھن کم۔ لُکھ چھِ تتھ علاقس کھوژان۔ تتی گرِو توٚہۍ، کیٚاہ آسہو کرُن۔"

"مگر جناب تتہِ چھُنہٕ کہِنہٕ، آدم خور جانوٗر روبغاٚر۔"

"بٕہ ہیکہ نہٕ ییٚیہ کانٛہہ تہِ مدد کرِتھ۔ ییٚمہِ شہرٕ کیٚ سرحد چھِ بس تیٚپاٚری یوت خاٚلی، باقی چھِ پرٕتھ طرفہٕ دوٚیم مُلک۔ تہٕ یہِ شُچھ چھےٚ باقی تمام مُلکن منٛز تہِ نارکی پاٚٹھی پھاٚلیمُت۔ تمہ تہٕ چھی ژےٚ ژھانٛڈان۔ ہِنٛدی، سِکھ، عیساٚیی، مسلمان...... پرٕتھ کانٛہہ چھُتھن ژےٚ دُشمن بنووُمُت۔ یوٚت تہِ گژھکھ تتہِ مارنےٚ ژےٚ۔ اسلیٚ بس کُنہِ تہٕ تۄہہ جایہ ییٚتہِ نہٕ ژےٚ کانٛہہ وُچھِتھ ہیکہِ، ییٚتھ متعلق نہٕ کانٛہہ سونٛچِتھ ہیکہِ...... وٕتھو جل جل گاڑی چھِ توٚہی پرٕاران۔"

ژوشوٚےٚ چھِ ووتھان، درواز سبر کرِتھ ہُنٛس اَسانس تل قدم تھاوان۔ یام دُہۍ مُشک ییٚمن نکہٕ وار بن منٛز داخل گژھان چھُ، ییٚمن چھےٚ پوٚنٛدٕ پیوان۔ تہٕ تھاندار چھُ ییٚمن پوٚندن زن حساب تھاوان تہٕ ستی منع کران۔

"یہِ گوٚ ووٗنکین حال، دوہلہِ کیٚاہ عالم آسہِ ہے۔ ہُنہٕ۔" "سُ چھُ صرف بوزان، واپس چھُنہٕ کہِنہٕ ونان، تِکیازِ تس چھُ پےٚ آسان زِ ئمی چھُ اتھ کوٚرمُت تہٕ امیک سزا چھُ تس ٹلُن۔ تمہ چھِ ژوشوٚےٚ پُلسہٕ جیپہِ کھسان

تہٕ جیپ چھےٚ نیران۔ تھاندار چھ بڑٕ وٗنہہ کنہٕ بہتھ آسان۔ پتہٕ کنہٕ چھہ ییم ژور تہٕ بیٚیہٕ زٕ پلسہٕ واٗلی ہتھیار روٗستی لیس، یہندِ حفاظتہٕ خاطرٕ۔ گاڑی گیہ سنسان سڑکو پکان تہٕ دُس، اوس تباہی ہُند منظر پننوٕ اٗچھو وُچھان۔ سڑکن پیٹھ اُسی ٹائر وُنہٕ دزان۔ کینٛہہ سرکاری بلڈِنگہٕ تہٕ آسہٕ دزان لبنہٕ یوان۔ کینٛہہ آسکھ ژھبتہٕ تہٕ کرِمژٕ۔ سڑکہٕ آسہٕ کنو تہٕ شیشہٕ کھنجوٚستی برتھ۔ جیپ گیہ شہرٕ منٛزی سبٹھاہ تیز پکان، ییتِس کالس تمہٕ ہائی وےرئٹ۔ ہائی وے تہٕ اُس پیٚژھے، جایہِ جایہٕ اوس نار دزان، بڈٕبن بڈٕبن گُلبن ہٕنٛدی لنگ اٗسکھ سڑکہٕ ترٛاٗوی ٕمتی۔ کینٛژن جاین آسکھ سڑکہٕ بلکل ژٕٹتھ ژھنٛی مژٕ۔ شاید امی غرضہٕ زِ دُس، ما کرِ شہر ترٛاونٛچ کوٗشش۔ پُلسہٕ جیپ گیہ ییمن ٹھربن پارکران تہٕ بڑٕ وٗنہہ پکان۔

''دُچھان چھِوٕ، تُہنٛزامہِ غلط کتھہ کوٚت واتہٕ نووٕیہٕ شہر، نتہٕ اُسہٕ یِیتہٕ کم پریشاٗنی، ژٕ ےکوٚ رُتھ ووٚنی تتھ زیادے اِضافہٕ۔''

''تھاندار صاٗب! اکھ جان کتھ تہٕ سپز ییٚمہٕ میانہٕ کتھہٕ ستی۔''

''خبر کیاہ ہش!'' تھاندار ووٚتھ اٗمِس کُن کلہٕ پھِر ناٗوِتھ۔

''جان سپُد یہٕ زِ، لُکن ہُند سوچ لوٚگ ووٚنی بدل مسلن کُن۔ اوٚ تام اُسی تم ہنگہٕ منگہٕ مارٕ گرٕھان، ووٚنی اگر مرن، بڑٕ وٗنہہ کنہٕ چھُ اکھ مقصد۔''

''کیاہ مقصد چھکھ، یی زِ دُس، گری ووٚن حاضر۔''

''بلکل۔ مگر کیا زِ۔''

''تکیاِ زِسہ چھُ ونان ''دَے'' بدلاوی وؤن۔''

''اتھ پتھ سوچُن لُکھ۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ وِزِ گژھ تِمن تہٕ امہِ کتھِ ہُنٛد احٔساس۔ تِم تہِ لاگن تلاش کرُن نوٚ وَدَے۔''

''کیاہ چھکھ ونان۔ یہِ چھا ممکن؟ انسانی دِماغس منٛز چھِ تِھنٛدی مظبوٗط موٗل۔ تِمن موٗلن کُس پژ اٹہِ، کس چھُ جُرت۔ حرف ؤنتھ ڈھاے، یِمو ے واتنوَ ہکھ خبر کوٚت۔ پتھٕ اوسُے سہلے، گرِی گرِ کوٚرتھن تباہ۔''

اتھ پتھ گٔیہِ تِس ژھوپہٕ۔ جیپہِ ہنٛز آواز اُس بدستوٗر کنن منٛز جاری۔ تام کوٚرتمو شہرُک سرحد پار تہٕ وٲتی سنسان علاقس منٛز۔ جیپ گٔیہِ امہِ سنسان علاقہٕ منٛزی پکان تہٕ گاش تہِ ہیوٚتُن یِن۔

''یِیمہِ یور چھُ نہٕ توہہ سون کانٛہہ خطرٕ۔ یِیمہِ یور ہیکو توٚہۍ کُنہِ تہِ جایہِ ہتھ تہٕ تِچھِ بِچھ کرِتھ۔''

''تھاندار صاب۔ یتھ شُنی یاہس منٛز کیاہ زن کرو۔''

''سُے ہاوِ توہہ وتھ۔ یس توٚہۍ بدلاوُن یوٚھان چھِو۔''

''تھاندار صاب توہہ سِتی گوٚو یہِ وعدٕ زِ تِس منگہٕ نہٕ بہٕ کیٛنہہ......آ۔ یہٕ بہٕ منگہٕ تہٕ منگہٕ پننس نِوِس دَیَس، نِوِس خودایس، نِوِس بھگوانس۔آ۔''

''چلو، نوٚ وَیا پژ وِن، تہِ گوٚو پتہٕ، گوڈٕ سوٗنچو زِ زِندٕ کتھ پاٗٹھی روٗزِو۔'' تام واٗتژ جیپ اَکس بڈِس ریگستانس منٛز، ییٚتہِ نہٕ دوٗر دوٗر تام کہنٛہ تہِ اوس۔

''بس۔ رُکاوھٕن جیپ تہٕ ژٲوُکھ یِم ییٚتی، ییٚتہِ چُھکھ نہٕ کانٛہہ خطرٕ۔'' جیپ چھےٚ رُکان تہٕ ژوشوَے چھِ بون وسان۔ پُلسہٕ وٲلی چھِ گوڈَے وَسان تہٕ پتہٕ پتہٕ چھِ یِم ژور وسان۔ بلکُل خٲلی اتھو۔ نہ کانٛہہ سامانہٕ، نہ کانٛہہ سبیل۔ آفتابہٕ تہِ چھُ واریاہ ہیوٚر آسان ووتُمت۔ تلہٕ چھےٚ سبھ تہِ تھوڑا تتیمٕ آسان۔

''اچھا، اُسن اسہِ اِجازتھ، اکھ أکِس بیٚیہٕ سمکھنُگ دُعا ہیکو نہٕ کٔرِتھ۔ تِکیاز یِمو حالاتَو نیرِ نہٕ توہہ زیادٕ کال۔'' یہِ ؤنِتھ چھُ تھاندار جیپہِ کھسان تہٕ جیپ چھےٚ گولہِ ہنٛدی پٲٹھی پُلسہٕ وٲلی ہتھٕ واپس نیران۔ جیپ یام دوران چھےٚ، تم چھِ محسوٗس کران زِ تم دوٗر ییٚ تِمس دَیس نِش یُس نہٕ زانٛتھ تہِ تِہنٛد مدد کرِ۔ ژور زِندگیہِ تہٕ پیٹھٕ تاپہٕ نب۔ گوڈَے ہیوٚتُن ترٛیشہِ ہنٛد احساس گٔژھُن مگر کانٛسہِ تہِ اوٗن نہٕ زیوٚ پیٹھ زِ ترٛیش لٔج۔ ژوشوٗیَو کٔر ہمت تہٕ دژاے سڑکہِ نِش دوٗر، ییٚتِمن کنِمن ہنٛز گوپھ ہش بُنِتھ اُس۔ یِمو سوٗنٛچ زِ ییٚتی گوٚو تام یُہُن تِکیاز راتھ ہیکو ییٚتھی گوپھِ منٛز آرامہٕ سان کٔرِتھ۔ سوال اُسی واریاہ مگر جواب اوس نہٕ کُنہِ۔ ژٔٹ، میٔٹ تہٕ چھپن جاے..... یِمن ہنٛد یوٚ دوَے بند وبست گژھِ، مسلہٕ گژھن واریاہس حدس تام ختم۔ فی الحال ترٛوو تِمو کنِمن ہتی ڈاف۔ أتھی منٛز گے یِم زن نبتہٕ سوت، أچھ آیکھ وٹنہٕ تہٕ وٲتی خبر کوٚت۔ اتھ ریگستانس منٛز آسہٕ منٛزی منٛزی ٹھنڈٕ ہوٚیچہ لہرِ تہٕ یکان، یِیمہ کِنی یِمن نِندرِ سبٹھاہ مزٕ آو۔

دوپہرن بأگی ییلہِ دس أچھ مۆراوان چھ، ساسہٕ بٔڈی گزبد تہٕ رامہٕ ہوٗنی چھِ یمن أنٛدی أنٛدی آسان۔ بس، حملہٕ باپت تیار۔ دس چھ أچھن مُرن دِوان زِ یہِ چھا حقیقت کِنہٕ خاب۔ مگر ییلہِ سُہ زانان چھ زِ یہِ چھِ پزٕ حقیقت، سُہ چھ مأیِلس زنانہٕ تہٕ ماجہِ تہٕ ہُشار کران۔ سُہ چھ تمن ونان گوپھِ منٛز گژھو دأخل۔ یتھے تم حرکت کران چھِ، رامہٕ ہوٗنی تہٕ چھِ بڑٕ وٹھہ بڑٕ وٹھہ پکان، سبٹھاہ وارٕ وارٕ ٹرینڈ آرمی ہٕنٛدی پأٹھی۔ یام یُہنٛد گیرٕ نزدیک چھ ہوان سپدن، دس چھ جوشس منٛز یتھ سبٹھاہ بۆڈ پَل دون اتھن منٛز ٹُلان تہٕ رامہٕ ہونٛین گُن لایان۔ پَل چھ ڈُلہٕ ڈُلہٕ گژھان، تہٕ وارِیاہن کنبن پانس ستی والان۔ بڑٕ آواز چھِ پأدٕ سپدان زٕ ترٕے رامہٕ ہوٗنی چھِ امہِ کِس زدس منٛز یتھ زخمی تہٕ گژھان تہٕ باقی چھِ ژلان۔ امہِ حأدِثہٕ ستی چھ رامہٕ ہونٛین تہٕ حوصلہٕ پست گژھان۔ گزبد تہٕ چھِ ووٗنی دوٗر جایہِ اَسانس منٛز وُڑٕ ولاگان کرُن۔ دس چھ پانس ستی سونچان زِ شاید بچیٚے۔ امہِ پتہٕ چھِ گوپھِ منٛزٕ اوہند مول موج تہٕ آشِنٛیٚ تہٕ نیران۔ یہِ بھیانک منظر وُچھتھ أسی تم یۆت ترٕ ہرٕ یمتی زِ تمن رٔو دنہٕ دس سُند کانٛہہ خیالٕی۔

''گوٗ برا! یۆ دوٚے اَسہِ کُنہٕ دوہس بچُن چھ، اَسہِ چھ گوڈٕ نارُک بند وبست کرُن۔ نارٕے بچاوِ اَسہِ یمو خطرناک جانوِروٕنشہِ تہٕ یٚیہِ لگہِ زٔنس پاکہٕ وٚٲنس تہٕ۔''

''نارِ خاطرِ گژھ زیُن آسُن، دوٗر دوٗر تام ژھنہِ ییٚتہِ کانٛہہ تہِ کُلا درٛینٛٹھی گژھان۔ رننہِ پاکہِ ونہِ خاطرِ تہِ گژھ کینٛہہ آسُن۔''

''اَسہِ ژھنہِ بانہِ تہِ کانٛہہ ہِستی۔'' گوڈنچہِ لٹہِ گرُس ہِشرٕ آشنہِ کتھ۔

''اَسی ہیکو نہِ ییٚتہِ زِندٕ روٗزِتھ۔ اَسہِ پزِ واپس گژھن، معافی منگوکھ، تمہِ بخشن اسہِ، تم چھِ انسان، یم چھِ رامہِ ہوٗنی۔''

''یم چھِ بہتر، وُچھتھ نا، پلہِ وُچھِتھ ژٕلی۔ تم ژٕلی نہِ گولبہِ ستی تہِ۔ مےٚ چھ مرُن منظوٗر مگر تور گژھن نہِ۔ یُس سماج یوٗت خطرناک آسہِ بنیوٗمُت، تتھ سماجس منٛز شہہ ہیوٚن تہِ چھُ غلط۔''

''برداشک مادے چھُ تتہِ ختم گومُت۔'' مول ووٗتھ نچوِی ہِشرٕ حمایت کران۔

''بیٚیہِ کُنہِ سوچس ژھنہِ کانٛہہ جاے۔ یوٗہ چھےٚ حالتھ، یہِ تنہِ ووتھ بوزان، تِتھی کتھِ ژھکھ تِھپھ کرِ ہو۔ ساری چھِ ہوی تیار گاہتی۔ یمن لٚکن ہِستی بسر کرُن چھُ ناممکن۔''

''حالاتو کر سارِے تباہی پوٚترا، نتہِ اوس نہِ تتھ پتھرِ کانٛہہ مقابلہِ۔ کم ہوٗ دیا! سےٚ (خودا) چھُ زانان کُس وباہ آو۔''

''بیٚیہِ ہیوٚ تتھ ژٕے تو ہنٛدے ناو۔ ہُنہٕ! تمی کوٚرا کینٛہہ ــ کہنہِ نہِ، بس کرِن بستی وُجارِ۔''

''تہِ چھُ پزٕ زنگرتس ورٕاے کُس چھِ پے۔''

''مےٚ چھےٚ پےٚ، تِکیازِ مےٚ ووت وُچھان سورُے، مےٚ کوٚر برداش سورُے، مےٚ چھےٚ پےٚ ءکتی موٗدی تہٕ ءکتی گےٚ یتیم۔''

''یہ پتھ کُن گوٚو تہٕ مٔشرٕو، بۄ ۆنہٕ کُن سوچوزِ کرُن کیاہ چُھ۔ وونی تہٕ دزاے أسی تتہٕ۔ تور واپس گژھن چُھ وونی ناممکن۔ وونی چُھ مرُن زوٚن پیتھی جایہِ۔ اِمو کھِ سوٗنچو زِ کرُن کیاہ چُھ۔ میأنی کنی چُھ پیٚتِمن روزُن فضوٗل، نہٕ آب، نہٕ گُل، نہٕ کوٚٹ۔ بس، سیکہِ ماٗدان۔''

''تیلہِ کیاہ کرٕو تاٹھیا۔'' س' ووٗتھ ماٗلس کُن۔

''أسی دِمَو پڑاو بۄ ۆنہٕ کُن۔ وُنہٕ چُھ آفتابہِ لوسنس وخ۔ مےٚ چُھ باسان یٚیمہِ بالہِ اپارِ گژھ آب تہٕ آسُن تہٕ جنگل تہٕ۔''

''یہ کتھ کنی چھےٚ ژےٚ باسان؟''

''تِکیازِ ساری جانور چھِ اوٗری کُن گژھان۔ امیُک مطلب گوٚو اتھن آسن یِہنٛدی اٗلی، یا آسہِ آب۔''

''ٹھیکھ چُھ، وٗتھو تیلہِ جل جل۔''

ژوشوَے چھِ قدم تیز تیز اوان، فاقہٕ پھرِ آسنہٕ کنی چھکھ ہمت تہٕ کم آسان۔ اِو کنی چھنہٕ تیز تہٕ پکتھ ہبکان۔ مۄژی مۄژی چھِ یمن رامہٕ ہوٗنی تہٕ نظرِ گژھان مگر وونی چھنہٕ یم تمن کھوژان۔ وونی چھِ تمےٚ یمن وُچھتھ ژلان۔ آفتابہٕ چُھ لوسنس تیار آسان تہٕ یم چھِ پہاڑ طےٚ کرِتھ دوٚیمہِ طرفہٕ کِس خوبصورت علاقس مۄژ واتان۔ دوٗرِ چھےٚ یمن آبہٕ جوے تہٕ اتھ

أنڈی أنڈی کینہہ کُلۍ تہٕ نظرِ گژھان۔ امہِ ستۍ چھےٚ یمن اندر زندگی ہنٛز وٕمید وٕتلان۔ وونۍ چھِ قدم تیز تہٕ ٹلان۔ مٔنزی پہاڑس کھر تژ اوان تہٕ زِتژٕنے کلومیٹر کھرِ ستۍ طے کران۔ یتھ کٔنۍ چھِ دوہ لۄستھ یم اتھ آبہٕ جویہ نِش واتان۔ ربتہٕ کول آسنہٕ کِنۍ چھُ گاش وُنہٕ کأفی آسان۔ یم چھِ گوڈے تژلیش چیٚوان تہٕ تمہِ ستۍ چھےٚ یمن ہمت زن واپس یِوان۔ امہِ پتہٕ چھُ دُس تہٕ أہنٛز آشٕنۍ کُلین ہُنٛد کاٹھ بیترِ جمع کران۔ أنڈی یکۍ چھِ جانورن ہنٛدی بسیار کرٛژ تہٕ ٹھکرِتھ آسان۔ یمن چھُ باسان زِ یِیتہٕ گژھن بڑی جانور تہٕ أنڈی یکۍ آسنۍ، تِکیازِ یتھ سأرِسے علاقس منٛز چھُ آب بس پیٚتھی جایہ۔ کاٹھ جمع کٔرِتھ چھِ یم سےٚ پرٛون نُسخہٕ آزماوان، نار زالنگ۔ کنہِ پیٹھ کٔنۍ رگڑاونک۔ اہم کتھ چھِ یہٕ زِ یم چھِ سائنسی دورِ پیٹھٕ اتھ دورس وأتی ہت۔ راتھ چھےٚ پھٕلنۍ ہوان تہٕ یم چھِ زندگی ہنٛز گوڈنچ تیٚمبر پأدِ کرنس منٛز تہٕ کامیاب گژھان تہٕ أتھی ستۍ چھُ الاوٕ دزان۔ امہِ پتہٕ چھُ یمن باسان زِ یمن آے تمام ہتھیار اتھن منٛز، یِیمہِ ستۍ یم پان بچأوِتھ ہکن۔ مول، موج، آشٕنۍ تہٕ دُس چھِ الاوس أنڈی أنڈی یہان تہٕ زندگی ہٕنٛزِ وٕتھہ پکناونچ سبیل ژھاران۔ کتھ کرنس سُنٛب چھنہٕ ہکتھ آسان۔ ژوشوٗرے چھِ ژھوپہٕ کٔرِتھ فقط راونہٕ کِس عالمس منٛز پانس ستۍ کتھ کران۔ یتھ جایہ یم وأتی ہٕ، یہٕ اُس ویسے سٕبٹھا خوبصورت۔ ژووایاسیٚنے اُس پہاڑو ستۍ وٕلتھ۔ منٛزس اوس یہٕ مأدان تہٕ أتھی منٛز یہٕ آبہٕ جوے تہٕ یارِ ژھٕچھ۔

لوسہٕ وِنہٕ آفتابچہ زٕژٕ آسہٕ زن تہٕ اتھ سونہٕ مایہ کھالان۔ یہِ راتھ گنڈ رییہ تِتھے پأٹھی ڈِکسہٕ کران تہٕ سونچان۔ تِکیازِ فاقہٕ پھرِ گوٚب ہِنٛدٕ ریٚنٛزٕ اُس محال۔ دوٗردوٗر اُسی جانور تہِ بہتھ، شاید یِہنے زاگان زِ یمن کرٕپیٚہ ہِنٛدٕ رتہٕ تم موکلاون یہنز تلاش، یُہنٛد نوٚو سوچ۔ دس' یپلہِ یمن جانورن کُن وُچھان اوس، تس اوس باسان تتھ پتھر تہٕ تتھ پتھرِ چھےٚ بس اکھ فرق تہٕ سو اُس یہِ زِ ییٚتہِ اوس نہٕ شور، تتہِ اوس شور۔ باقی اُسی حالاتھ ہوی۔ جانور اُسی ییٚتہِ تہٕ زندگی زاگان تہٕ تتہِ تہِ۔ ییٚتہِ اوس جانورن تو تہِ کانٛہہ ڈِسپلن مگر تتہِ کینہہ جانورن اوس نہٕ سُہ تہِ۔ خأر راتھ موکلیے تہٕ صُبحک گاہ پیٚو وٕأنٛدی لگی کینہہ پہاڑن۔ الاوَر وٗ ددزٕ وٗن۔ زنانن آیہِ یہِ ذِمہٕ دأری تھاونہٕ زِ تمہٕ گرٛھن نہٕ اتھ کُنہِ تہِ حالتس منٛز ژھیٚتہٕ دِنہِ گرٛھنہٕ۔ اتھٕ بُتھ چھیٚلِتھ، ترٛیشہِ ہنا چیٚتھ دژاے مألی پتھر یہِ سوٗرے علاقہٕ وُچھنہِ زِ کُنہِ جایہِ مابنہٕ کھنہٕ خأطرٕ کینٛہہ۔ واریاہ پرٛ ونٛہہ نیرِتھ گےٚ یمن کینٛہہ جنگلی خرگوش نظرِ۔ دونٛوٕنی مألی پتھرن آو فی الحال یِہے مارنُک خیال۔ تِکیازِ اَتہِ باسیوٚ یمن خرگوشی یوت کمزورترین جانور۔ دونٛوے دور ییٚے یمن کُنہِ ہیتھ پتہٕ، مگر خرگوش چُھ تیز دورنہٕ خأطرٕ مشہوٗر۔ دونٛوے گےٚ یمن پتہٕ پتہٕ دوران، یوٚتام دونٛوٕنی زٕ وَتہٕ گییہِ۔ واریاہ دوٗرواَتتھ آونچھس اکھ خرگوش اتھس منٛز۔ خرگوش ہِنٛدِ خوتہٕ اوس دس' زیادٕ پھرٛ کان۔ رژِھ کھنٛجہِ کوٚڈن تھک۔ تھک کڑان باسییےٚ تس خرگوش ہِنٛدِ دِلچ دُبراے زنتہٕ اوٚ نگجن اُلراوان۔ سُہ

رُۄ دخر گوشس کُن وُچھان، یُس تِسندِ خاطرِ زندگی ہُند اکھ نوٚو آغاز اوس۔
تس باسیو وَزِ خرگوش چھُ تس عارِ برژٕ و چشمو وُچھان مگر دِس سٔیو وَنہٕ پیرٕ ھ کُنہِ
کتھِ، تکیاز تس اُس پے زِ یوٚ دوٕے سہٕ اُمس آزاد کرِ، تیلہِ چھُ تمن از
پیٚہِ فاقٕے شونگُن تہٕ تم فاقہٕ کرن تمن کمزور، یِیمہِ کِنہ تم کیٚنہہ کرنس لایق
روزن، تہٕ رامہٕ ہوٗنی تمن کھیتھ نن۔ خرگوش اوس نہٕ زیادٕ بوٚ ڈ، اسلئے
اوس مارُن تہِ سہل۔ دِس دژا اوو اپس ٹھکانس کُن مگر وَتہٕ گوس نہٕ مول کُنہِ
جایہِ دژ یٖٹھی۔ یٖتیٚن تم الگ الگ گاٮ۪تی اُسی، تتھِن تہٕ دِژتمی اورِ یور نظر مگر
کُنہِ گوس نہٕ نظرِ۔ تمۍ سوٗنچ زِ سہٕ آسہِ گوڈے ووتمت۔ تمۍ تُل قدم تیز، یِیلہِ
سہٕ پنٕنہِ جایہِ ووت، اتہِ وُچھِن صرف موج تہٕ زنانہٕ اکھ اُکِس زن رٲچھ
ہِیتھ۔ یہِ گوٚ و دورِ تمن نِش تہٕ پرٛ ژھنکھ۔

''سہٕ آونا!؟''

''ژیٚے ستی دژ ایو وَنا گوٚ برا، گوٚ و کوٚت!''

''خرگوشن پتہٕ دوران گیہِ اسہِ ز وَتہٕ، توٕے چھم نہٕ پے زِ سہٕ کور کُن
لوٚگ۔''

''گوڈٕ مارتن یہِ خرگوش، یوچھِ ستی موٗ دی۔'' موجہِ ژھ نیچوس کُن،
تس تہِ آونہٕ خرگوشس پیٹھ کانہہ عار۔

''ٹھیکھ چھُ۔'' نیچو وَ گوٚ و تیز پہن کنہِ خراش ژھانڈنہِ۔

''ژٕ کرتے الاوَ تھوڑا تیز، یتھ وٗلی ونہٕ یہِ۔''

نوش چھےٚ ییہِ زیُن اَتھ ژولہِ لاگان۔ نارِ بزیٖہہ چھےٚ ہیوٚر کھسان تہٕ ریٖہہ چھےٚ ژووا پاسے پھٕہلان۔ یِتیٚس کالس چھُ دس، خرگوشس مُسلہٕ ٹُلان تہٕ پتہٕ تیوٚنگلن پیٹھ لاگان۔ ماز دزٕنچ مشک چھےٚ یِمن اُسس آب اَنان۔ اکھ زِ بھرنہِ دِتھ چھ خرگوش اصل پاٗٹھی بزنہٕ یِوان۔ دس چھ اتھ برابر ژور حصّہٕ کران۔ اکھ حصّہٕ چھُ مایُس تھاوان۔ ترٛےٚ حِصّہٕ چھِ یِم ترٛےٚ کھیوان۔ پیٹھٕ چھس آبہٕ تھوٚنی اکھا اکھ زٕ زٕ چیوان تہٕ یِمن چھُ حبس ہیٚو یِوان۔ ووٚنی چھِ یِم مالِی ہِشٕہ خاطرٕ پریشان گژھان، اٗو تام اوس نہِ تِہندِ خاطرٕ کانٛہہ اکھا پریشان۔

"مےٚ چھُ دِل ونان سُہ ییہِ واپس، تس کرن نہٕ جانور کیٚنٛہہ۔" موج وُژھ نیٚچوٚس دِلاسہٕ دِوان۔

"نا مےٚ موجی! اورٕ چھُ جنگل گوٚن، اورٕ ہیکن ییٖہ کیٚنٛہہ جانور تہٕ اُسِتھ"

"مِتھا لے......"

"ییٖہہ بیترٕ۔"

"دلِس چھُ کلِس تہٕ تگان کھسُن۔ سُہ ییہِ واپس۔"

دس، چھُ مالِی ہِشٕہ باپت پریشان آسان مگر زندگی اَتھن بزوٚنیہ پکناونہٕ باپت چھےٚ زندگی ہنٛزٕ سہولیتہٕ تہٕ ضروری۔ سُہ اوس نارِ تیوٚنگلن کُن وُچھان، یِم وُہان اُسی تہٕ پتہٕ سوٚری گژھان اُسی۔ تِمی سوٚنچ زِ یِم

تیوٚ نگل ہکن استعمال تہِ سپد تھ۔ سُہ گوٚو دۄر رپھن تہٕ لاجن میوٚ کھنٕز تہٕ
پتہٕ رَب اُڈرِنی ۔ آشینٛز تِجِن مدد کرنہٕ خاطرٕ ستی ۔ موج اُسکھ وُچھان زِیم
کیاہ کرن۔ دس تہِ اُہنٛز آشینٛز لگی رب ماڈنہِ تہٕ پتہٕ دِژ کھاتھ لتھ یوٚ تام
یہ موٗٹے یہِ۔ امہِ پتہٕ دِژ کھاتھ بانن ہنٛز شکل۔ ہٕکی کلی بانہٕ اُنِکھ تہٕ تھاوِکھ
تاپس۔ کینٛہہ وخ گژھتھ تھاوِکھ تیوٚ نگلن پٹھ پینہٕ باپت۔ شام تام رۄدی
یم بانہٕ زِ یپنے تیوٚ نگلن پٹھ تہٕ ژہری تکی یمَو یم تہٕ تھاوِکھ الگ کٔن۔ مول
اوس نہٕ وُنہِ تہِ واپس آمُت، اِمو کھ اُس تہنٛز فکر وونی یمن زیادٕ دَے گنے
ہٕو۔ یم اُسی سونچان زِ اکھ نفر گوٚو یوان یوٗ اُنی کم۔ تِتھے گٔز گژھا اکھا اکھ کم
گژھان۔ اَنٛدٕری آسہن یہ تہِ سونچان زِ شاید ماچھ سٕے دَے پزی یمن
رۄشمُت تہٕ وونی یمن سزا دِنس پٹھ آمُت۔ اُتھی خیالس منٛز اُسی
ترٛ بنٛوے۔ آفتابہٕ لۄس کرتام، انہِ گٹہٕ تہِ ہیوٚن گژھنٕز تہٕ اُتھی منٛز گییہِ
ترٛ بنٛونی دۄ رِاکھ ژھاے ہش نظرِ۔ یہ گییہِ نزدیک یِوان۔ دس ہٕنٛز آشینٛز
تہٕ موج زن ترٛ ہریٚے۔ دس گوٚو تِکہِ تہِ گرٛن دزٕونی زٕنی ہٹ اتھس کیتھ
تہٕ گوٚو نزدیک۔

"کاکا"

"آہنوٕبہ ہا چھس۔"

"کاک ہیے آو موجی۔" ترٛ بنٛوے گٔے واریاہ خوش۔ نیٚچوی اوٗن
مول پانس ستی مگر تمی کوٚر اَنٛدی ہٕکی ہۄنی سُند خمن ہیوٚ محسوس۔ تمی دِژ پوٚت

نظر، واقعی اوس کرٕہن جنگلی ہوٗن مائِلس پتہٕ پتہٕ۔

''یہِ کیازِ چھ یہِ جنگلی ہوٗن ژٔے پتہٕ پتہٕ پکان؟''

''پوٗز ہے بوزکھ، بہٕ بچووس اٴمی ہوٗنی۔ ییلہِ بہٕ ژٔے نِش الگ سپدُس، خرگوش گیہِ وُچھان وُچھان پتھن وٲجن منٛز دٲخل۔ مےٚ سوٗنچ زِ بہٕ دِمہٕ یژٕ وٕنہہ کُن پڑاو، ممکن چھُ بتھِ ماملہِ کینٛہہ۔ بہٕ گوس پکان یوٗتام بہٕ گٔنس جنگلس منٛز دٲخل گوس۔ ژوواپاسے کلوٚ تہٕ گُلبن منٛز قسمہٕ قسمٕکۍ جانور۔ بہٕ کھوٗژُس، مےٚ دوٗپ واپس پھیرُن چھُ جان۔ مےٚ ہیوٚت پوٚت مگر ژیراوس گومُت۔ یمو جانورو اوسہَس بہٕ وٕلُمت۔ بہٕ دورِ ژوس وارِیاہ مگر یم تہٕ گیہِ مےٚ پتہٕ دوران۔ مےٚ سوٗنچ زِ موت چھُ وارِیاہ نزدیکھ۔ مےٚ ہیکہِ نہٕ وونی یمو نِش کانٛہہ بچٲوِتھ۔ اٴتھی منٛز دیُٹ کٔمی تام یہِ ہوٗن دٲرِتھ۔ اٴمی لوگ ووپھُن تہٕ تم جانور کھوٗژی اٴہنٛدِس کرِہنٛس رٔنگس تہٕ جسمس تہٕ بہٕ گوس آزاد۔ یتھٕے بہٕ تھوٚد ووٗتھس تہٕ نیرنہٕ لوٚگُس، یہِ آو مےٚ پتہٕ پتہٕ برابر یوٗتام۔''

مٲلۍ موکلووٕ وٕنتھ تہٕ ییٚتِس کالس وٲتی یم پنٕنِس ٹھکانس نِش۔ موج تہٕ نوش دونوے گیہِ اٴمِس وُچھتھ خوش۔ نوشہِ کوٚڈ وٕلی وٕلی اوہنٛد حصّہٕ تہٕ تھوٚوُن ہیمہٕ بابس یژٕ وٕنہہ کنہٕ۔ تٔمی ییلہِ اکھ فوٚلاہ کھیوٕ وٕتس پھیوٗر اٴندر طاقت ہیوٚ۔ تہٕ تام ییٚیِس ہوٗنِس کُن نظر یُس نزدیکھے بِہتھ اوس زوٗنبر گٔرِتھ خمان تہٕ لال ترٛاوان۔ اٴمی چلووٕ اٴمِس کُن تہٕ اکھ فوٚل تہٕ تٔمۍ

لوے کُنۍ جوٗنٹھ تہٕ لۄگ کرٛاپ کرٛان کھینہٕ۔ تِھند بن دندن پیٹھ آسہٕ ماز لِشہٕ ووٚنی چمکان۔ اَڈۍ جِہ تہٕ یِمہٕ اَتہٕ آسہٕ، تِمہٕ تہٕ ترٛاوکھ اٲی سے۔ تہٕ یِتھ پاٹھۍ گۄو اکہٕ نوٚ زندگی ہُند آغاز سپدان۔ ہوٚن بنیوٚ یُہُند ساتھی، یِہُند پاسبکھ در۔ یہٕ اوس ژھواپاسیٚ گتھ لگاوان تہٕ جانورن ژلہٕ راوان۔ توٚ تام یوٚ تام اَتھن اکھ لوٗکٹ پہرِ ہن کھڑا گیہٕ۔ یہٕ اوس یِمن ہتہٕ شِکارس تہٕ نیران تہٕ شکار کرنس منٛز مدد تہٕ کران۔ لگاتار ماز کھینہٕ ہتہٕ باسیوٚ یِمن پنُن مزاز خراب گژھان۔ یِمو لاجِہ جنگلن منٛز جنگلی سبزی تہٕ ژھانڈنہٕ۔ ہبڈر، کنہٕ گچھ بیتر لاگی یِمو سوٚنتہٕ کالہٕ جمع کرٕنی۔ ووٚنی ہیوٚتُن یِمن باسُن زِیم گے اکہٕ پریشانی نِش آزاد۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چوٚ بندِشو نِشہٕ آزاد۔ علم آسنہٕ کِنی لۄگ نہٕ یِمن نوٚی چیز بناونس منٛز زیادٕ وخ۔ سِتوٗن اسیجہٕ منٛز آسہٕ ہےتس انسانس واریاہ وخ لۄگمُت، نار پادٕ کرنس، بانہٕ تھُرنس، مکانہٕ تعمیر کرنس منٛز، فصل وو پداونس منٛز۔ مگر یِمن لۄگ نہٕ کِہنی، یِمن اوس پرٛتھ کُنہٕ کتھِ ہُند علم، یِم اُسی سائنس زانان۔
بہرحال ہیوٚن زندگی پننہٕ ڈنجہٕ پیٹھ ہنی، سوٗرے ہیوٚتُن آسان سپدُن۔ تِم رامہٕ ہوٚنی، یِم یِمن اُس وٗہرتھ زاگان اُسی، پنیٚ دوست۔ ووٚنی اُسی یِم یِہنے منٛز پھیران تھوران، یِہُندٕے دِماغ استعمال کران تِکیازِ یِمو اُسی یِم تہٕ پانس ہوی گرٕی ہتی، سوچنٕ والی۔ ووٚنی اوس بس اکھ مسلہٕ، تہٕ سُہ اوس نوٚو بھگوان، نوٚ ودے، نوٚ وخودائے بناونگ۔ کُس بناوون، کِتھِ بناوون۔

ژوشوٚے باژییلہِ شامن پتہٕ پھرِ منٛز کھنن کھیتھ بہتھ اُسی، مول ووٚتھ نیٚچِوس کُن۔

"یِیمہِ مقصدٕ خاطرٕ اسہِ یہِ ساری پریشانی مٔلی ہیٚژ، سُہ مقصد گوٚو نہٕ وُنہِ پوٗرٕ۔"

"نوٚو دَے، نوٚو خوداے بناوُنک۔" نیٚچِوی کوٚر اوہنٛد سوال مکمل تہٕ واضع۔

"آ۔"

مے چُھنہٕ سمجھ یِوان زِ اسہِ کیاز چھےٚ امِچ ضرورت۔ یوٚ دوٚے نہٕ کانٛہہ آسی، فرق پیٚیا کانٛہہ۔" دس چُھ بیٚیہِ سُے خیال مأرِلس بڑ وٕنہہ کنہِ تھاوان۔ "لگ بھگ گوٚو اسہِ وٕری پیٚٹھی ییٚتہِ۔ اسہِ اوس نہٕ کانٛہہ دَے، کانٛہہ بھگوان، کانٛہہ خوداے۔ اُسی بچیٚن نا، اسہِ گُرنا زندگی بیٚیہِ شروع، بیٚیہِ سپدناتی، یہِ تتہِ اوس سپدان۔"

"مگر تہِ ماچلہِ، پگاہ آسہِ یہِ اکھ بوٚڈ سماج، سُہ چُھ پکہٕ ناوُن، تمہِ خاطرٕ چُھ اکھ دَے گوڈے تیار تھاوُن۔"

"یُس سماج ییٚتہِ پأدٕ گژھ، سُہ آسہِ دَیہِ سندِ بغأر، پزٕتھ کانٛہہ آسہِ آزاد، کُنہِ تہِ بندشہِ روٚس، کُنہِ تہِ کتابہِ روٚس، کُنہِ تہِ اصوٗلہِ ہیوٚر، پیٚٹھ کتابہِ آیہِ اُکس پیٚٹھ تہِ گُرنہٕ اسہِ پزی کٔنٛی عمل۔ صرف تھاوِ تمہٕ قسمو باپت مخصوٗص۔ اکھ اُکس اُسی تمن ہُنٛد خوف ہاوان مگر پانہٕ تموٚ نش دوٗر۔ یِمو

لگو اُسی تمہِ وِزِ تتہٕ کرِ ، تِمن لگن اُسا تِمن کتابن پیٹھ پڑھ،
یقین......بہٕ چُھس ونان اکھ رژھ نہٕ تِکیازِ یِوٚ دوٚے تِمن اکھ فیصد تِمن
کتابن ہُنٛد سمجھ آسہِ ہے آمُت ، تم کرِہن نہٕ تمہِ قسمٕک ورتاو۔ اسلئے چھےٚ
کتابہٕ تھاوِنہٕ فضوٗل ، اصوٗل طے کرٕنی غلط۔ تِکیازِ انسان چُھ ونان بہٕ
چُھس یہِ کران تہٕ ہہٕ کران مگر اُندرِم رامہٕ ہوٚن چُھس نہٕ قوبوٗ گژھان۔"

"ژٕ چُھکھ صحی ونان گوٚ بریا مگر اُسی ماچھِ غلط سونچان۔"

"کیازِ؟ یہِ ہانوٚ ودَے ہِچھِ بناوُن یِژھان۔"

"آ......پیٚتر وٗری واُتی تِمس اسہِ درمیان۔ سہٕ چھ ووٚنی عام
گومُت ، اَسہِ تہٕ چھےٚ تِھنٛز حاٗل گاٗمژ۔ اسہِ تہٕ چھِ ووٚنی تِمس فندباٗزی
کرٕنکی طریقہٕ ہیچھ مٕتی ، اسہِ تہٕ چُھ سہٕ آزموومُت۔"

"بہٕ چُھس تی ونان کاکا۔ یِوٚ دوَے نہٕ کانٛہہ تھاوونے ، فندباٗزی ما
پیٚیہ کرٕنی ۔اپز ماپیٚیہ وُنن۔"

"یہَے چھنا کتھ ، یوٚ ہے پوٚز زاپز ، غلط صحی ، نیکی بدی ، یم اصول چھِنا
کم سے کم پننہِ پننہٕ واجنہٕ پیٚیہ تام واتہٕ ناوِنی۔ تِمن گژھ ناپےَ لگن۔"

"ییمن یہِ پےَ اوس ، تم اُسیا ییمن کتھن مانان۔ تیمس یہِ ویان ،
سہٕ اوس تی صحی مانان ، تِھی نیکی ونان۔ اُسی تھاوِنہٕ کانٛہہ تہٕ یتھ اصوٗل۔
کانٛہہ تہٕ پیٚژھ بندِش کاکا۔ یتھ ساٗنس سماجس منٛز یہِ انسانس ٹھیکھ باسہِ
تہٕ کرِ۔ تیمس گُن احترامہٕ سان وُچھِ یا مانہٕ ، سُے گوٚ وتو ہنٛد دَے۔ ییمن

پرٛانین کتھن پیٹھ وخ ضایہِ کرنہٕ بجلیہِ دِیہ ترقی پیٹھ زور۔ پننہِ پاپر جائی پیٹھ کرِ پنٕن سوچ مرکوز۔ یوٗ ہے گوٚ وسون نوٚ ودھرم، نوٚ ومذہب تہٕ یوٗ ہے گوٚ و سون نوٚ ودٲے۔" امہِ پتہٕ پیٚیہ اچانک تہنٛز نظر ہوٚنس پیٹھ یُس کن تھاوِتھ یہنٛز کتھہِ بوزان اوس۔ "کاکا، تیمِس کیاہ وَنو! نہ سانٛی زبان، نہ سون سوچ، نہ پَے اَسی کم چھِ! مگر وٲنس گرٕن اَسہِ پتہٕ چھنٛنی، اَسہِ راٗچھ گرِی گرِی۔"

"بلکُل۔ یہ کرِنہٕ کانٛہہ، یہِ اَمی سانہِ خاطرٕ کوٚر۔"

"ہتا پوٚترا، یہِ ہِہنٛی جاے چھے سبٹھاہ لوٗکٹ۔ پگاہ بڑٕ عیال۔ اسہِ پزٕ تمیُک خیال گوڈٕے تھاوُن۔"

"آہنٛی موجی۔ بہٕ ہَے چھُس سونچان زِ آیہِ جویہِ ہٕنٛدِس بُٹھس پیٹھ بناوَو نوِ طرزُک مکانہٕ، یتھ منٛز واریاہ کمرٕ آسن تہٕ واریاہ سہولیتہٕ تہٕ آسن۔"

"اَسی ہکو تمہِ جایہِ پیٹھ تہٕ سامانہٕ انِہٕ ناوِتھ۔" مول ووٚتھ سوال کران۔ "تمن آسو ووٚنی اَسی مُشتھ گامتی۔"

"سوال چھُنہٕ تمیُک کاکا، سوال چھُ زِ تتہٕ چھِ پاوٗنڈ، ڈالر، روپیہِ، رِیال بیترِ چلان۔ اسہِ نِش کیاہ چھُ زِ اَسی ہکو تتہٕ چیزٕ مُلی ہیتھ۔"

"تیلہِ! تیلہِ کیاہ کرو؟"

اسہِ چھِ پننہِ ضرورتکی چیزٕ پیٚتی بناونی، پیٚتی پاٗدٕ کرٕنی۔ اسہِ چھُ خود کفیل

بٔنٕن ۔ییٚلہِ الگ دَے ژھانڈُن چھُ، تیٚلہِ چھُ الگ دُنیاہ تہِ قٲیِم کرُن ۔"

امہِ بخشہٕ پتہٕ گوٚو رٲژ ھُنٛد سفر شروع ۔ سارٕی شوٗنگی تہٕ ہوٗنی لٲج دروازس پٮ۪ٹھ چوکی درٕی کرٕنی ۔ دٔس تہِ اوس پننہِ آشنہِ نگھے لرتژ اوِتھ ۔ ننٛدٕ رٲس نوِ سماجکی خیالن زن تہٕ غاٲب گرٕمژ ۔ سہٕ اوس تتھ سماجس متعلق سوٗنچان، تمیٚک اندازٕ گرِتھ ھبکان ۔ أتھی منٛز پییہِ تس آشنہِ کُن نظر، سو تہِ ٲس أچھ مُوٗرٲوِتھ ہیچوِس تالوس وُچھان ۔ سوزن ٲس پٔنٕن مست جسم ہیٚتھ وَنس منٛز وَن یاٗرِ ہش تیار گامژ ۔ بسیار کام تہٕ صاف کھٕنن ۔ دونوٕیوٚ ٲس سو جسمٲنی طور مضبوٗط بناوٕمژ ۔ دٔس اوس تٔہنٛزن نربن، تٔہنٛدِس سینٕس وُچھان ۔ تس باسیوٚ وَیہِ جسم تہِ چھُ ساسہٕ بٔز شکایہٕ ہیٚتھ ووٕنی شاید نٔوِس دیَس ژھاران ۔ تس گوٚو أندٕری ہٲبت، تمِی دِژ آشنہِ زٕپر ۔ زِ گرٕنس تچھہ تہٕ گرٕڈن نبر ۔ نیٚبرٕ اوس دُنی یہی بدل ۔ مکمل پھوٚجہٕ زوٗن ٲس دِوداٲری وَنہٕ ہیوٚر کھٕسِتھ آکاشس منٛز نَپہٕ نپہٕ کران ۔ منٛزی اوس دوٗرِ کُنہِ تارُکھاہ تہِ نظرِ گژھان ۔ وَسہٕ وِنہِ آبہٕ جوٗیہِ تہِ اوس زوٗنہٕ گاش روٗپہٕ تن بخشان ۔ أنٛدی پکھ اوس درٛمُن ۔ تہٕ دوٗرِ آسہٕ رامہٕ ہونٛین ہٕنٛزٕ أچھ چمکان ۔ دٔس تہٕ تٔہنٛزٕ آشیٚنی وٲتی آنگنس منٛز ۔ ژولہِ منٛز اوس نارُوٗہان تہٕ یِم دژاے تھوڑا دِوداٲری گلِس کُن، ییٚتھِمن یِہنٛدی مٲلی بیٚہنہٕ خاطرٕ پیٚنڈ ہش بناومژ ٲس ۔ دونوَے پیٚٹھی أتی تھے تہٕ ژٕیر تام گرٕکھنہٕ پانہٕ وٲنی کانٛہہ کتھ ۔ زن تہٕ ٲسِکھ لفظٕے رٲوِ مٕتی ۔ ٲخر گوٚو دٔس کتہِ تام گُستام پٔن تٔلنس منٛز کامیاب ۔

''ژٕ آسکھ مےٚ بیزار زِیوٗت کال گوٚواسہٕ خاندرس مگر یہِ چون جسم سوٚرنہٕ مےٚ۔''

''مجبوٗری گیہ ٲسِتھ، ژٕ تہٕ ہبلکھ نہٕ کینٛہہ کٔرِتھ۔'' پتہٕ گیہ بیٚیہ ژھوپہٕ مگر تس اوس باسان زِ تھٔنز کتھ گیہ نہٕ مکمل، اِو موکھ کوٚرتھ بیٚیہ شروع۔

''سونچان چھبس زِ اسہٕ ماگر غلطی یور ہتھ۔''

''کیاز.....؟ یہِ کیاہ چھکھ ژٕ سونچان۔'' س ووٗتھ سوال کران۔

''پکھہ یہٕ دوَے شرٕ آسن، تمن کوسہٕ زِندگی میلہٕ ییٚتہٕ؟''

''یہِ شوٗ زتہٕ صاف زندگی، یہِ چھا کم۔ تمہٕ زندگی نِش وار یاہ بہتر، وار یاہ افضل۔ ژٕ کر انداز زِ تتہٕ کیاہ اوس سپدان تہٕ از کل کیاہ آسہٕ گژھان۔''

''پرٕن لبکھن، پلو پوشاک......''

''پرٕن لبکھن چھنہٕ انسانس کینٛہہ تہٕ ہیچھِ ناوان بلکہ چھِ تجرٕبہ ہیچھ ناوان۔ یہٕ دوَے ژٕ تتہٕ آسہکھ، بانہٕ تھٔر ہکھٕ، سیر پیہ ہکھٕ، رامہٕ ہونٛن ستی لڑ کر ہکھٕ، یہِ سورُے ہیچھناوِ کھ ژٕ تجرُبن۔ تتہٕ اوس سورُے بنٛتھ۔ نہٕ اوس دماغ استعمال کرٕن نہٕ جسم۔ ییٚتہٕ چھِ دوشوَے چیز استعمال کرٕنی۔ دماغ تہٕ تہٕ جسم تہٕ۔''

''تہٕ چھُ صحی۔''

''وُچھ، یہِ خوبصورت راتھ ہیکہِ ہے تتہٕ اُستھ؟ یہِ جنگل، وسوٕنہِ آبک یہِ شژ ونی شژ ونی، یہِ یارِہوا......یہِ اوسا ممکن۔''

''نہٕ۔ مگر دوٗ رِہم رامہٕ ہوٗنی تہِ اُسی نہٕ ممکن۔''

''یم چھِ اسہِ نشہِ واریاہ دوٗر۔ پوٚز ہےَ بوزکھ، یم چھِ اسہِ حفاظت کران تہٕ اسہِ کیشہ نتہٕ کیشہ ہیچھِ ناوان روزان۔'' امہِ پتہٕ گیہِ رژھ کھنجہِ ژھوپہٕ۔ آبہٕ جوٕیہِ ہُنٛد صدا اوس برابر موجوٗد۔ دُس' وُتھ ییٚہِ آشنہِ گُن۔

''چون یہِ جسم وُچھِتھ گوٚو مےٚ ازاکھ عجیب احساس۔''

''کیا ہیوٗ؟''

''مےٚ باسیٚے زن تہٕ وَن یأر وہرا اُژ ہنٛدِس چھر کاوس پژاران۔ یمہٕ گول نرِ، چھاتہِ ہُنٛد یہِ تھزر، یہِ مضبوٗط جسم......کاژاہ نا انصافی گیہ اتھ ستی میانہِ دٲسی۔''

''مگر مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ افسوٗس، بہٕ چھُس وُنہِ انتظارس۔''

''از کرَوسہٕ انتظار ختم۔ از کرَو اکہِ نوٚ سماجک، اکہِ نوِ دُنی ہُنٛک آغاز۔ از دِمَو آلو تمن خابن، یم واریاہ کالہٕ پتھٕ اسہِ مُشری۔ پکھ، اژھ میا نین نربن منز۔''

''بہٕ چھُس مضبوٗط تیار گأمُو، تہٕ ژٕ چھکھ حالاتو کمزور کوٚرمُت۔ ژٕ ےٚ اژھ میانین یمن مضبوٗط نربن اندر۔''

دس، گوٚ ووارِ وارِ آشنہٕ کُن جھکان۔ تہٕ سو گیہِ بون وسان، یوٚ تام توٚتن وأتھ، ییٚتیٚن تس ٹھیکھ زوٗنہٕ پیٹھ نظرٕ اُس۔ ییٚتیٚن دِیودأری گلین ہنٛدی تِہری تیسٕرٕن اُچھن منٛز بسان گےٚ۔ سورٕ اوٚاتھ ہوٚھس منٛز، تمہِ گرانٛچ نمی گوڈنچہِ لٹہِ محسوٗس۔ تس باسیٚو وُزِسکۍ لِس پیٹھ چھہِ گُہنٛدی تام عارقہٕ فیری ٹپ ٹپ گرِتھ پیوان۔ ووٗنی کرِ تمہِ اُچھ بند، اُس گوٚ وزن پانسے یلہٕ۔ سو وأتھ خبر کتھ دُنی یہس منٛز۔ رامہٕ ہونبوٗ نِشہِ دوٗر کتھ تام پرٕستانس منٛز، ییٚتہٕ بس وِگنہِ ونہٕ وُن اوس۔ ییٚہ کینٛہ آوازٕ ییمہ نہٕ تس پرٕزٕ ناوٕنہِ تیچہٕ۔ سو گیہِ وبگلان تہٕ تیژ وبگلییہ، زِ تو ہنٛد وجوٗد گوٚو بیٚیس کتھ تام سانچس منٛز قاد گژھان۔ دوٗنوٗنی ییٚیہ اُتی ہِندٕ رتہٕ دوٗنوٗنی روٗدنہٕ حبس توٚ تام، یوٚ تام تمن رامہٕ ہونبن ہنٛز آواز کنن گیہِ۔ زن اُسی تم جشن مناوان۔ تہٕ یہ جشن کمہِ باپت اوس، تہِ گوٚ ونہٕ ظاہر۔ یہِ موٗختصر راتھ موکلییہ اُچھ ٹھوارِ منٛز۔ مگر امہِ رأتھ کوتاہ سکوٗن بخش بأژن دوٗن، تہِ بیان کرُن چھُنہٕ ممکن۔

وخ گوٚو پکان تہٕ ییم گےٚ ترقی ہنٛدی نٔوی منزل طے کران۔ حالانکہ ترقی ہُنٛد اوس ییمن مکمل گیان مگر یہِ ترقی اکِس جنگلس منٛز پرٕاونی اُس پزی بہودری ہنٛز تمثیل۔ بیا کھ مکانہٕ بنیوٚو، یہ اوس بہتر تہٕ سہولیتو ستی تہٕ لیس۔ نوٗن رتبن جسمس رأچھ گرِتھ بنیےٚ دس ہنٛز آشینی موج۔ تہٕ تس زایہ کوٗر۔ امہِ پتہٕ گیہِ لگاتار ییمن کورِ زیٚوان، یوٚ تام پانٛژھ کورِ ییمن باگہِ آیہ۔ پانٛژھ کورِ گےٚ پانٛژھ وٕری۔ پانٛژون وٕرِ ین ہُنٛد اکھ نیٚوٗٹھ سفر۔

اؤ تام اوس اتھ گرس منز سورُے آمُت۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز اوس کاُفی تعداد س منز موجود۔ اؤ نٛد پوٚک اوس یموسورُے آوُرمُت۔ ساٗرِسے زمینس پٮ۪ٹھ اُس زمینداُری سپدان۔ قسمہٕ قسمکی فصل اُسی ییم وو پداوان۔ مگر مسلہٕ اوس یٮ۪یہٕ تی زِ سماج رٕکتھ سپد مکمل۔ کورِ پانٛژ ہکبن نہٕ اکھ مکمل سماج پاُدٕ کٔرِتھ۔ دونوٚے باُژ اُسی اکہِ دوہہٕ راتھ کیٛتھ پنٛنس کمرس منز اتھ کتھِ پٮ۪ٹھ سونچان مگر امیُک حل اوس نہٕ یِوان اتھِ۔ دونوٚے اُسی خاُموشی سان تالوٚس کُن وُچھان تہٕ پتمن سوالن جواب ژھاران۔ اُتھی منز پھیوٚرُس' آشنہِ کُن تہٕ کنس تل ووٗنُس کیاہتام۔

''یہِ کیاہ چھکھ ژِ ونان! یہِ چھا ممکن!''

''کیاز ژِ چھنہٕ، یُس اُسی سماج تعمیر کرنہٕ دژاُمتی چھِ، تتھ منز چھنہٕ یژھ کانٛہہ بندِش، اُسی ہکوتس نِش تہٕ پنٛنِ حاجت گرٕتھ۔''

''نہ، مےٚ چھنہٕ یہِ منظوٗر۔ بہٕ ہکہٕ نہٕ یہِ کٔرِتھ۔''

''یہِ چھُ مگر ضروری۔ ساٗنِس سماجس چھےٚ لڑکن ہنٛز ضرورت۔ تہٕ لڑکہٕ ہیٚکہِ شاید سے دِتھ۔''

''یہِ سماج روٗزِن اڈلیوٚک مگر تہِ کرُن چھُ ناممکن، یہِ نہٕ دِل مانہٕ۔''

''یہِ چھُ میانہِ خاطرٕ کرُن۔ میانہِ سوچہِ خاطرٕ کرُن۔ نوٚ دُنی یاہ تعمیر کرنہٕ باپت کرُن۔''

''کُنہِ کُنہِ چھُ مےٚ باسان زِ یہِ چھُ اَسہِ سے پرٛزون دےٚ امتحان

ہوان۔"

"یۆ دوَے تِہ آسہٕ، تیلہِ نیٚوِ تتہٕ تہٕ کوٗرٕ ے۔ یۆ دوَے میٚون سوچ صحی آسہٕ، تیلہِ پیہٕ لڑکہٕ، یُس یہٕ سماج بڑ وٚنہہ پکہٕ ناوِنس منٛز مدد کرِ۔"

دوٚنوَے رٕوٗدی ژیر تام اُتھی تذبذُبس منٛز۔ تہٕ دوٚنوَے رٕوٗدی ژھوپہٕ کرِتھ۔

"ولتِس کُس ونہِ یہٕ کتھ۔" آشینٛۍ ژھ خانہٕ دارس کُن۔

"بہٕ کرن سہٕ راضی، سہٕ پھرِ نہٕ میٲنۍ کتھ۔"

"تہٕ موج......؟"

"موج تہٕ ژ شوٗنگکھ یکہٕ وَٹہٕ، کوربن ستی۔ راتھ کیٚت بدلاوکھ ژٕ کمرٕ، تِتھی ستی بدلاوکھ ژٕ یمہِ خاندانُک مستقبل۔" بیٚیہٕ گیہٕ واریاہس کالس ژھوپہٕ۔ دِس ہِنزِ آشنہِ ہیٚوک نہٕ ووٚنی اِنکار کرِتھ مگر تِہندِ خاطرٕ اوس یہٕ زندگی ہُنٛد سبٹھاہ بوٚڈ امتحان۔ دوٚیمہِ راتھ آو یوہے ڈراما گنڈ نہٕ۔ کوربن ستی شوٗنٛج نوٚش تہٕ ہش یکہٕ وَٹہٕ۔ بیٚیس کمرس منٛز گٔیہ زوٗن مول تہٕ الگ کمرس منٛز دِس۔ دِس اوس امہٕ راتھ بلکل ہُشار۔ مول تہٕ اوس ہُشار تکیاز سہٕ اوس نیچوِ امہِ خاطرٕ ذہنی طور آماد کوٗرمت۔ نصف راتھ پیٚلہِ آشنہِ محسوس گوٚو زِ ساری شوٗنگی، تمہٕ دِژ ہشہِ کُن نظر، سو تہٕ وٕچھن شوٗنگتھ تہٕ وُٹھ سبٹھاہ احتیاط سان تہٕ دژلیہِ کمرٕ نبر۔ مگر تِتھے درواز کھوٗلن، موج گیہِ ہنگہٕ منگہٕ نیٚبرٕ مہٕ زوٗنہٕ گاشہِ ستی ہُشار۔ تمہٕ وُچھ نوٚش نیران تہٕ درواز

بند کران۔ تس آو وُٹھو تلئی اُسن تہٕ نُرتھاوٕن کور بن پپٹھ تہٕ شوٚنج۔ دِس اوس تیتیس کالس زن تہٕ نارس پپٹھ ڈُلہِ گنڈی دِوان، ییتیس کالس تہنز آشینٛ کُٹھِ منز واپس درٛایہِ۔ امہِ پتہٕ گیہِ سو گُنی ٹِکہِ آبہٕ جویہِ نِش، پلو ژھِنِن گرِتھ تہٕ گُنی ووٚتھ لأرن ٹھنڈٕ آبہٕ جویہِ اندر۔

''از چھل میانی سأری گوناہ۔ از کرمےٚ صاف۔ بہٕ روٗزس نہٕ کأنسہِ یہِ گوناہ وننہٕ لایق تہِ۔'' سو اُس أندری ونان تہٕ پانس پھش پھش دِوان۔ تمہِ لأگی پلوتہٕ دوٗر پہاڑن پیٹھ وُصنک گاہ۔ سو ژایہِ اندر۔ أندرٕ رچن کورِ نالہِ مَتہِ تہٕ ترٛ اُوٕن لر۔ یہِ اوس تہنزِ خأطرٕ سبٹھاہ الگ تجربہٕ۔ مگر تس اوس نہٕ پنُن پان امہِ کِنی گونہگار باسان زِ تو ہند خاندار اوس اتھ ستی تہٕ تہندِس ونس پپٹھ وأژ سو ہیٚمہٕ بابہٕ سِندِس کمرس منز۔ شاید اوس نوٗس دھرمس، مذہبس منز امیُک اجازتھ۔ تِکیازِ دِس اوس ییٚتھے سماج یرٛشھان، ییتھ منز نہٕ پننہِ مطلبہِ خأطرٕ کأنہہ ییٚتھ اصوٗل بناونہٕ آسہِ آمُت، یُس انسأنی خواہشہِ پیٹھ پار کرِ، تمن نظر انداز کرِ۔ وخ گوٚ وگذران۔ یہِ گرٕ گوٚ وودہ خوتہٕ دوہ ترقی کُن لمان۔ ووٚنی اوس یمن بس أکِس لڑکہِ سُند انتظار۔ دِس ہسنز آشینٛ اُس أزی چہ لٹہِ سبٹھاہ احتیاط ورتاوان۔ خاصکر اوس ہیٚمہٕ بابہٕ تسُند سبٹھاہ خیال تھاوان۔ ہش اُس پریشان زِ تہندِس خاندارس کیاز نوشہِ ہنز پیٹھ فِکر۔ پوٚرٕ نو رِبتھ گےٚ مکمل۔ نوش اُس آبہٕ جویہِ نکھہ بانہٕ چھلان زِ تس کوٚرُن دود۔ دود اَمہِ انمانک زِ تمہِ دِژ چھأرمہِ اسمنہٕ کرٛبکہٕ۔ ہش اُس

تس للہٕ کھوٗل کران۔ دُس ، تہِ اوس اتھِ موٗران۔ ہوٗن تہِ اوس کتھٕ بوٗزِتھ اورٕ یور کران۔ کینژِس کالس روٗد یہِ پریشانی ہُنٛد عالَم مگر امہِ پتہٕ گیہِ شُرِ سِنٛز ودن کرٕبکھ کنن۔ موج آیہِ دوران نیٚچوِس نِش: ''مبارک ہا چھےٚ...... دُچ آیہِ۔ دونوٚے لڑکہٕ۔ دُس ، چھُ خوشی سٟتۍ پاگل گوٚمُت ہان۔ تِس چھُ ازباسان زِ الگ دَے، خوداے یا مذہب بناونٕچ منظوٗری چھےٚ تس۔ تمۍ سُنٛد یقین گوٚو زیادٕ محکم تیار۔ مول اوس سبٹھاہ دوٗر کھاہن راوٕٹ کرنہِ گومُت۔ دُس ، گوٚو دوران تس توٚتے۔ ہوٗن دورِ ٹھوٗ وُتس پتے۔ مالۍ یتھٕے نیٚچوٕ وُدوران وُچھ ،تس گوٚو فرٹ ،سُہ گوٚو نیٚچوِس نزدیک۔

''کیاہ دلیل، ژٕ کیاز یوٗت دوران۔''

''کاکا شکریہ۔ چانہِ مدتک شکریہ۔ زٕ لڑکہٕ زاے۔ چانی زٕ اولاد۔ حسابی میانی بٲے تہٕ حسابی نہٕ کہِنی۔ خار اسہِ چھنہٕ تمہٕ بژٲنی رِشتہٕ، تمہٕ بژٲنہِ بیرٕ منظوٗر۔ اسہِ چھُ نوٚو دھرم نوٚو مذہب قائم کرُن۔ تہٕ سُہ دھرم تہٕ مذہب آسہِ بندِ شوٚہیوٚر، بلکل الگ۔'' دُس ، گوٚو وَنان مگر کاکن تُج گُنی دور گرِ واتنہٕ خاطرٕ تہٕ پننٕ اولادٕ وُچھنہٕ خاطرٕ۔ دُس ، روٗد اُتی کھڑا۔ ہوٗن تہِ اوس بژٕ وٕنہہ کنہٕ لٕٹ گلوان۔ دُس ، بوٗٹھ پتھرٕ تہٕ ہوٗن روٗٹُن نالہٕ مَتہِ۔

''رشتہٕ گوٚو وچون تہٕ میون۔ کُنہِ تہِ حالس تژ وُتھس نہٕ بٕہ ژےٚ۔ سٟتۍ سٟتۍ روٗدہِ ہم محافظ بٕنتھ۔ بژٲنین اصولن تحت چھُنہِ یہِ کانہہ رشتہٕ، مگر بٕہ چھُس یہِ رِشتہٕ بٕرتھ کُنہِ رِشتہٕ نِشہِ تھوٚد تہٕ افضل مانان۔''

تس للہٕ کھوٗل کران۔ دُس تہٕ اوس اتھِ موٗران۔ ہوٗن تہٕ اوس کتھِ بوٗ زِتھ اورٕ یور کران۔ کینژس کالس روٗد یہِ پریشانی ہُنٛد عالم مگرامہِ پتہٕ گییہٕ شُری سنٛز ودن کرٕ بکھ کنن۔ موج آیہِ دوران نیٚچوٚس نش: ''مبارک ہاچھے...... دُچ آیہِ۔ دۆنوٚے لڑکہٕ۔ دُس چھ خوٚشی ستی پاگل گژھان۔ تسٕ چھ از باسان زِ الگ دَے، خوداے یا مذہب بناونٕچ منظوٗری چھےٚ تس۔ تمہِ سُنٛد یقین گوٚ وزِیادَے محکم تیار۔ موٗل اوس سبٹھاہ دوٗر کھاہن راوٕٹ کرنہِ گوٗمُت۔ دُس گوٚ ودوران دوران تس توٚتےٚ۔ ہوٗن دور یوٗ وٗتس پتےٚ۔ ماہلی یُتھےٚ نیٚچوٚ وٗدوران وٗچھ، تس گوٚ وفرٹ، سُہ گوٚ ونیٚچوٚس نزدیک۔

''کیاہ دلیل، ژٕ کیا زِیوٗت دوران۔''

''کاکا شکریہ۔ چانہِ مدتُک شکریہ۔ زٕ لڑکہٕ زاے۔ چانٛنی زٕ اولاد۔ حسأبی میانٛنی بأے تہٕ حسأبی نہٕ کہنٛی۔ خأراسہِ چھنہٕ تم پرٛانی رِشتہٕ، تمہٕ پرٛانہِ بیرٕ منظوٗر۔ اسہِ چھ نوٚ ودھرم نوٚ ومذہب قأیم کرُن۔ تہٕ سُہ دھرم تہٕ مذہب آسہِ بندِ شوہیوٚر، بلکُل الگ۔'' دُس گوٚ ونان مگر کاکن تُج کُنی دور گرٕ واتنہٕ خأطرٕ تہٕ پننٛی اولادوٗ چھنہٕ خأطرٕ۔ دُس روٗد أتی کھڑا۔ ہوٗن تہِ اوس برٛونٛہہ کنہِ لٔٹ گلوان۔ دُس بیوٚٹھ پتھرٕ تہٕ ہوٗن روٗٹن نالہٕ مَتہٕ۔

''رشتہٕ گوٚ وچون تہٕ میوٗن۔ کُنہِ تہٕ حالس تژ ووٗتھس نہٕ بہٕ ژٕ ے۔ ستی ستی روٗدہم محأفظ بٔنتھ۔ پرٛانین اصوٗلن تحت چھنہِ یہِ کانٛہہ رشتہ، مگر بہٕ چھس یہِ رِشتہٕ پرٛتھ کُنہِ رِشتہٕ نِشہِ تھوٚدتہٕ افضل مانان۔''

گرٕ گراوس خوشی ستی پاگل زن گومُت۔ مگر امہِ سارینے معاملہِ نِشہِ بے نیاز۔ یمہٕ کورِ آسہِ گِنڈنس ستی محو۔ گِنداں گِنداں دژایہِ تمہِ سبٹھاہ دوٗر۔ اَتہِ تژ وٕ رامہِ ہونبو گھیر۔ یمہٕ کھوژ تہٕ لوگُکھ کژ بکہٕ ناد۔ مگر اُتھی منز آیہِ رامہِ ہوٗنِن اَکس تھپھ تہٕ تم ژٲلی تس ہتھ۔ یہٕ اُس منزِم ہش کوٗر فقط ژٕ ڈھاے وٕرِش۔ باقی آیہِ وداں وداں اورٕ واپس۔ سٲری سپے گرس پیوٚ وٕ ماتم۔ پانژ و بجایہِ صرف ژور۔ یتھیس کالس ووت دٕس تہٕ گرٕ۔ ہوٚن گوٚو یہٕ معاملہٕ وُچھتھ پاگل۔ سُہ گوٚو مُشک ہواں ہواں تتھ جایہِ تہٕ بژ ژٕ کھنڈ گرٕھتھ آو تُہندی خوٗنہٕ برِتھ پلو ہتھ واپس۔ تم تژ اٗوِن آنگنس منز تہٕ بیوٗٹھ گلِس تل سونچنہِ۔ دٕس تہٕ تہُنز آشنیٚ، موج تہٕ کاک، سٲری اٗسی وٕدی وٕدی دوزخ ژھپہٕ کراں۔ ہوٚن گوٚو یکدم تھوٚ دٕ تھتھ تہٕ دژاو دوٗر پھِن۔ اَتھِن کوٚ ڈُن زیوٗٹھ کاڈ۔ پتھ کُن دِژِن نظر۔ دٕس اوس پننہِ پریشانی تہٕ غمس ستی۔ کانٛسہِ کوٚرنہٕ غور زِ ہوٚن کیاہ چھُ وناں۔ تس گیہِ ہوٚنی آواز کنن، زن اُس تس ہوٚنی برادری نادلایان۔ یٚیہِ دِژِن پوٚت نظر تہٕ ووٗتھ وارٕ وارٕ ڈکرٕ یون تہٕ گوٚو غاٗب تہٕ پتہٕ آونہٕ واپس۔ شامن باگی چھِ سٲری ہوٚنس پژاراں مگر ہوٚن آونہٕ۔ دٕس دژاو دوٗر تام تس کوٗچ کوٗچ کراں مگر سُہ اوس تمہٕ دوٗرٕ رِ نِشہِ تہٕ دوٗر دژا مُت۔ دٕس گوٚو تُہندِ نیرنہٕ ستی سخ پریشان۔ تس باسیوٚ وٕ زِ تو ہند ڈوٚکھ موکلیوٚ وٕ۔ واریاہس کالس روٗدھ ہوٚنی سُنڈ نیرُن تس ستاوان۔ خار، وخ چھُ پتھ کانٛہہ زخم مُشراوان۔

یہ زخم تہِ مشوٗوٚارِ وارِ تہٕ زندگی گیہِ بڑٕ وٕنھہ پکان، وخ گوٚ وتیزِی سان گذران۔ شُری گئے بڑٕی گرٕ ھان تہٕ اکھ بڑٕ ڈسماج گوٚ وزنم لبان۔ کمی کس بستی کوٚر خاندر تہٕ کٔمس کأتیاہ شُری زاے، تہِ اوس نہٕ اتھ سماجس منٛز معنے تھاوان۔ اتھ منٛز اوس معنے تعداس تہٕ تعداد گوٚ و زٔن تہٕ بڑٕ نزٕ بن منٛز ہُران۔ گرِ گوٚ وأ رِکس پوٚرِس منٛز تبدیل، پوٚ رأ رِکس گامس منٛز تہٕ گام أرِکس قصبس منٛز۔ مکانہٕ کأتیاہ بنیے تہٕ کأتیاہ چھِ بنان، تمیک روٗ دنہٕ کانٛہہ حساب۔ دِودأری جنگل یُس بڑٕ وٕنھہ کنہِ لبنہٕ اوس پوان، سُہ موکلیوٚ وٚ لگ بھگ سورٕے۔ رامہٕ ہوٗنی گئے غآب۔ کانٛہہ تہِ جنگلی جانوراہ اوس نہٕ وونی لبنہٕ پِوان۔ فصل اوس یوٗت وو پدان زِ نصف اوس زالُن پوان۔ أتھی منٛز گوٚ وکاک ہتہٕ وُہرِتہٕ تِھٕنز آشنٛی نمتہٕ وٗرِش۔ دوٗنٕوی اُس پریشانی زِ وونی چھُ مرُن مگر مرٔن وٕحتہٕ کٔمس دیہِ سُنٛد ناوچھ سرُن۔ دے اوس نہٕ وُنہِ تہٕ طے گومُت۔ اسلئے اُسی تم پننِس نیچوٗس بیزار تہٕ۔

"دس، اوس اکہِ دوٕہہ اتھ سارِسے بستی وُچھان تہٕ سونچان زِ وُچھان وُچھان سپدِ یہ سورٕے۔ مگر امہِ پتہٕ تہِ کیاہ، یی اوس تتہِ تہِ تہٕ یی چھُ ییتہٕ تہٕ۔"

"دُنہ نہ، تتہٕ اُس عجیب حالتھ۔ تتہٕ اوس نہٕ کانٛہہ اکھا پننہِ سوچہِ حسابہٕ کینٛہہ کٔرتھ ہیکان، ییتہِ چھُ نہٕ سُہ سوالے۔ ییتہِ ییمس یہ خوش کرِتہٕ ہیکہِ گٔرتھ۔ کانٛہہ بندِش چھنہٕ۔"

ییٚتِس کالس چھےٚ دٕس سِنٛز آشٕنۍ تہٕ دارِنکھٕ یوان۔ پٔنٛن اتھٕ دٕس سِنٛدِس پھیکِس پٮ۪ٹھ تھاوان۔ دٕس چُھ تس کُن وُچھان تہٕ وُٹھو ٹلی اسُن تٕرٲوِتھ پرٛزھان۔

"پٔنُن پاَدِ کوٚرمُت یہِ دُنی یاہ چھکھٕ وُچھان۔"

"مےٚ چُھ اتھ کُن وُچھنس تہِ خوف یِوان۔"

"خبر کیٛازِ؟"

"بہٕ چھس کھوژان اورگژھنس تہِ۔"

"وجہ!"

"مےٚ چُھ باسان اَسہِ چھِ رامہٕ ہوٚنی پاَدٕ گرِی متی۔"

"مگر کیٛازِ...... یہِ کیٛازِ چھےٚ ژےٚ باسان؟"

"اَتہِ چھےٚ جہالت، اتہِ چھےٚ لڑایہِ، اَتہِ چھےٚ بےٚ شرمی، بے حیأیٔ، ننگے تہٕ وۄٚ رِیائے، أ کِس أ کِس کورِداہ داہ پتہٕ، ہوٚنین ہُنٛد دُنی یاہ۔" اَتہِ چُھنہٕ بوزُن مانُن۔ "اتہِ چھُنہٕ بوزُن تہ مانُن"

"ژٕ چھکھٕ یمن شُر بن نِش گوھان زانٛہہ؟ پپٕتِس کھنٛڈِس ژھوپہ کٔرِتھ کوٚرُس خاندارن سوال۔

"بہٕ چھس نہٕ یمن اولاد مانان۔ بس اکھ آبأدی تصوّر کران۔"

"یہِ لگہِ نہٕ وَنُن۔ اولاد چھِ بہر صورت اولادٕ ے آسان۔"

"تہٕ چُھ ٹھیکھ۔ یس پتہٕ دوران چھِ، سو تہِ چھبس بۓ۔ یُس پتہٕ

دوران چھُ سُہ تہٕ چھبس بٕ ، بٕ چھبس پریشان زِیٖ اوس اسہِ سوٚنچمت۔

اوَے دزٕایاأسی تتہٕ۔"

"أسی دزٕاے اکھ مقصد ہتھ۔"

"مگر سُہ مقصد ماگوٚ ووُنہِ پوٗرٕ۔ اوٗ تانی أس نہٕ ضرورتھ مگر ووٗنی چھےٚ مےٚ ضرورتھ باسان۔ کانٛہہ گنڈ ، کانٛہہ خوف ، کانٛہہ تالیٖم...... کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ چھُ ضروری۔"

"خوف تہٕ گنڈ چھِ پرٛانٛی لفظ ، پرٛانٛی حربہٕ۔ بٕ چھُس یوٚہان زِ سون سماج گژھِ تمہِ ورأے آسُن ، تمہِ ورأے ترقی کرُن ، تمہِ ورأے اَتھ بے حیائی پیٹھ قوٗبوٗ لبُن۔"

"تہِ چھُنہٕ ممکن۔" دس ہٕنز آشینٛہ وٕژھ بستی کُن نظر ترٛاوان۔

"یمو منزٕ چھا کانٛسہِ پےٚ زِ أسی چھِ یہنٛدی بزُرگ ، یہنٛدی مول موج۔ تِکیاز تمہِ کتھِ آیہ نہٕ یمن وننہٕ۔ ووٗنی ژھنی تو اتھ بلاے ، مگر کاکس تہٕ کاکنہِ خاطرٕ چھُ ضروری۔ تم چھِ ووٗنی واریاہ بزُرگ تہٕ تمن چھُ حق ووٗنی دےٚ سُند ناو سرنک۔"

"یہ نہٕ سارِسے وأنسہِ کوٚر ، تہِ کیازِ چھُ وَنکِن کرُن۔ گژھِ کیاہ تمہٕ ستی۔"

"تتہِ واتیکھ سہولیتھ۔"

تتہٕ کتہٕ ، تتہِ چھُنہٕ کہنٛہ۔ یہ چھُ تہٕ چھِ پیٚتی چھُ۔ پیٚتی چھُ شروع

گژھان، پتی چُھ ختم گژھان۔ بس۔"

"یہِ لگہِ نہٕ وُنن۔" آشنہِ کھوت تھوڑا اشرارتھ۔ "ییچھِ نہٕ پےَ آسہِ، تتھ پیٹھ لگہِ نہٕ کتھ کرٕنی۔"

"یہِ سوٗنچتھ مے توٚہۍ یور أنو، شاید گوس نہٕ بہٕ تتھ سوچس منٛز کامیاب۔ تتھ چھِنہٕ توٚہۍ وجہ، تتھ چُھ تُہنٛد سوچ وجہ، یُس ہمیشہِ توٚہہ کھوژناوان چُھ۔ یُس فرٕٹہٕ کتہٕ ہنٛدی پاٹھی توٚہہ زِندٕ روزنس پیٹھ مجبور کران چُھ۔ اَتھ کیاہ کرِو توٚہۍ، یہِ چُھ ساسہٕ وادٕ ریَن ہُنٛد سوچ، یہِ بدلاوُن چُھ ناممکن۔"

"ممکن چُھ تی آسہِ یہِ توٚہۍ وَنان چھِو مگر تمہِ پتہٕ تہِ گرِ وۄن کاتھہ توٚ ودَے، توٚ وخو داے تیار۔"

"ٹھیکھ چُھ۔ یم ساری بڑی، کہو لوٕکٹ بلاوِ زبکھ یتھ ماٲدانس منٛز۔"

دُس ہشٕز آشنہِ وۄن پننہِ زِچھِ ہشہِ کورِ، تمہِ وۄن پننہِ کورِ تہٕ یتھ گئی پھٔہلیٚ یہِ خبر بستی ہنٛدِس آخری گرس تام تہٕ صُبحن گئے ساری ماٲدانس منٛز جمع۔ وُچھان وُچھان آو ماٲدان برنہٕ تہٕ دُس دژاو ماٲلس تھپھ کرِتھ یمن بژوٚنہہ کُن۔ سارِنے کُن نظر تژاوِتھ ہوون سارِنے اتھٕ ہتی زِژھو پہ گرِو۔ سارِنے گیہٕ ژھو پہ تہٕ دُس وۄتھ یمن کُن:

توٚہہ چھنہٕ پےَ زِ أسی کم چھِ تہٕ کیاز چھِ۔ أسی چھِ انسان، حیوانو

نِش الگ، وُڑُونبو جانوروِنش الگ، گُلبو کٹوٗ نِشہِ تہِ الگ۔ الگ چھِ یِمہِ
کِنۍ زِ اسہِ چھُ دِماغ۔ تہٕ یہِ دِماغ چھُنہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ۔ امہِ دِماغہٕ ستۍ چھِ
أسۍ سونچان سمجھان۔ سون سماج چھُ سبٹھاہ آزاد سماج۔ یتھ منٛز چھُنہٕ مے
کانٛہہ بندِش، کانٛہہ گنڈ تھووُمُت۔ مگر یِم قوم، یِم لُکھ، یِموٚ گنڈٕ وبغأر امنہٕ
سان بڑٕ ونٛہہ پکان چھِ، تِمہٕ قوم چھِ ترقی کران۔ تِمہٕ قوم چھِ تأر تخس منٛز
جاے رٹان۔ یہِ بستی گر اسہِ ژورَ و پاٹھِ تہِ اسہِ وٗن نہٕ توٚہہ زانٛہہ کیٛنٛہہ زِ
کانٛہہ دَے، کانٛہہ خوداے، کانٛہہ گاڈ گرِتھ اٚسُن۔ بٔہ چھُس یہِ ونان زِ اسہِ
گرِتھ پنُن پنُن دَے اٚسُن یا أسۍ گرٛھوٚ پنٛنۍ دَے پانہٕ آسنۍ۔ یہِ دَے گرِتھ
وختہٕ وختہٕ بدلُن تہِ۔ تِکیازِ زندگی ہنٛدۍ تقاضہٕ تہِ چھِ بدلان۔ یوٗسہِ کتھ از
صحی چھےٚ، سو کتھ چھےٚ پگاہ رد گرٛھان۔ اسلئے گرِتھ سون پزر، سون دَے تہِ
بدلُن وختہٕ وختہٕ۔ سأنۍ سارِوٕے خوتہٕ بڈٕ تلاش گرِتھ خوشی ہنٛز آسنۍ، خوش
روزنچ آسنۍ۔ یعنے أسۍ گرٛھوتہِ کرٕنۍ، یِمہٕ ستۍ أسۍ پنُن پان تہٕ پنُن اوٚند
پوٚک، پنُن عیال خوش تھاٚوِتھ ہیکون۔ زِنہٕ پٹھ چھےٚ اسہِ اندر اکھ
صلاحیتھ، سوٗ گیہِ یہِ پزٕر ژھارنچ زِ أسۍ کٔہنٛدۍ چھِ۔ کس ہنٛدۍ چھِ۔ یہِ
پزٕر بدِ کڈِتھ پتہٕ پننہِ خوشیہِ بأگرِنہٕ چھُ یِمہِ بستی ہُنٛد، یِمہِ قومُک کُن
مذہب، کُن دھرم۔ توٚہۍ چھِوٕ پانہٕ وأنۍ بھأے، پِترٕ بھأے، ماہترٕ
بھأے، ماسترٕ بھاے۔ ماسہٕ، پوپھ، مامنہِ، مأملِ بڑٕ بب، نانہِ...... تمام
قسمہٕ کیو رِشتو چھِوٕ توٚہۍ ڈٔلتھ۔ یِم رِشتہٕ چھِ توٚہہ اکھ أکِس ستۍ گنڈان تہٕ

اکھ أکی ہِنٛدِ خاطرِ پٔنٕن زُوٗ تام آیت تھاوُن ہیٚچھناوان۔ وُنکنین چھِ توہہ ہتہٕ ہتی بدل بدل جاین باپتھ قوم تہٕ پکان۔ مگر تمن منٛز تہٕ توہہ منٛز چھےٚ یہ فرق زِ تم چھِ کینٛژن اصولن، کینٛژن قاعدن پیٹھ زندٕ روٗزِتھ۔ تہٕ أسی چھِ قاعدٕ وبغٲر زندٕ روٗزِتھ۔ اسہِ چھُ ہاوُن زِ قاعدٕ وبغٲر روٗزِتھ تہٕ ہیکہِ زندگی پھانٛپھلِتھ تہٕ ترقی کٔرِتھ۔ یِیمہِ بستی ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بزرگ انسان چھُ یہِ میٚون مول۔ أمی ہِنٛز کتھ، أمی سُنٛد وُنٛن پزٕ اسہِ مانٛن تِکیازِ أمِس چھُ تجربہٕ زیادٕ، أمِس چھِ علم زیادٕ، اسہِ تھاوُنہٕ کُنہِ کتابہٕ ہِنٛز، کُنہِ وجوٗدٕچ پابندی۔ مگر توتہٕ آسو پابند، خوٗشیہِ باپتھ گرنس تہٕ خوٗشیہِ پاپتھ کرنس منٛز۔"

سارِوے لُکو کوٗر رژر پوٚپ، سارِی ؤتھی تھوٚد۔ پانہٕ وأنی لاجکھ کتھ کرنہٕ تہٕ دژاے پتمن پتمن کامین۔ اتہِ یوٗ دوٚے سائنسی آلات اُسی نہٕ، سائنٛسچ ترقی اُس نہٕ، مگر اتہِ اوس احساس زِ کرُن کیاہ چھُ تہٕ کتھ کٕنی چھُ کرُن۔ دُس ہِنٛدِ مدتہٕ گٔری یمو لوٗکٕٹ موٗکٹ کارخانہٕ شروع، یمن منٛز بہترین اتھٕ کامین ہِنٛدی نمونہٕ بناونہٕ آے۔ میوٗ ہنٛدی تتھی خوبصورت بانہٕ، خوبصورت چیز، موٗرتیہٕ کرِ یمو تیار زِ عقل اُس حأران گوٚھان۔ پانہٕ اوس دُس پریشان زِ یہِ ہونر کتھ آو یمن منٛز۔ بستی منٛز گیہ امہِ علاوٕ تہٕ ترقی سپدان۔ پرنہٕ لیکھنہٕ ورأے گٔری یمو زندٕ روزنہٕ باپت بہترین آلہٕ ایجاد، یمو ہتی یِہنٛز زندگی سہل سپز۔ ییٲری ہیٚوٗن موج بمار روزٕنی۔ یم تہٕ نُسخہٕ وُنیک تام یم آزماوان آمتی اُسی، تم آزماے یمو مگر کانٛہہ فرق گیہ نہٕ۔ موج اُس پتھ

پتھ گژھان۔ نوش اُس اَمِس کھوژ شانٛد تہٕ شانٛدٕ کھور کران۔ اَمِس ستی زیادٕ وخ گنذاران۔ اَمی ہیٚو نِش شونگان تہٕ ووتھان بہان۔ اکہِ دوہہ شامن اُس سو ہشہِ شانٛدس تل بہتھ تہٕ سو وُژھ سبٹھا مہین آوزِ منٛز نوشہِ کُن:

"بہٕ چھبس لگ بھگ شیٛتہِ وٕرِش، شیٛتہِ علاوٕ چھاوٕنس آسان۔ وونی مہٕ کرٕژ مےٚ پیٚٹھ زیادٕ محنت، مےٚ دِوونی نیر نہٕ۔"

"ژٕ نیر کھ تہٕ اَسی کیاہ کرَو موجی! اسہِ راوِ زندگی ہُنٛد مقصد۔"

"چاٗرٕ، بیٚیتہِ چھاروزنہِ آمُت کانٛہہ۔"

"مگر تُہنٛز چھےٚ وُنہِ ضرورتھ، یتھ بستی، خاصکر تُہنٛدِس اولادس۔"

"چاٗرٕ! میٲنی ضرورتھ موکلیٚے تیٚلی ییٚلہِ مےٚ چاٗنس خانہٕ دارس زنم دِژووٕ۔ پتہٕ کیاہ کاٗم گرٕمےٚ کھنہٕ ورٲے، کیاہ کوٗرٕم، ژٕ ےوَن!"

"شُری پاٗدٕ کرنی یوت چھا زنانہِ ہنٛز ذِمہٕ واٗری۔"

"سو ےچھےٚ گوڈنیچ تہٕ اُخری ذمہٕ داٗری۔ باقی گیہِ موہنٛوی کاٗم، سو چھِ پکان آہٕز، کانٛہہ تہٕ کرِ۔"

"وونی مہٕ گرِ وتو ہٕ یمہٕ کتھٕ۔"

"مرنہٕ برٛونٛہہ چھےٚ ژےٚ مےٚ اکھ کتھ پرٕ ژھنی، واریاہ کال ووتُم سونچان زِ پرٕ ژھاکنہٕ نہٕ مگر ازآیم ہمت، ازپرٕ ژھے۔"

"پرٕ ژھو!"

''جواب دِیزِ مند ژھُنہٕ بغاًر۔''

''پڑ ژِھوتو ہی۔''

''از بٕ وٕنہہ ژٕ تجی پانٕژتاًجی وٕری اٰسکھ ژٕ تتھ پٕ اٰنس کُٹھِس منز مےٚ لِرشوٗ نٕگتھ۔ پیٚہ آسہٕ کورِتہِ اسہِ نِش شوٗ نٕگتھ۔ نصف راُ ژ دژا یکھ ژٕ۔ یاد ژھُیہٕ!''

''آ۔ یاد ژھُم۔ سوراتھ رٕکتھ گرٕھسم مٕشتھ، بٕہ دژا ایس!!''

''ژٕ کہنٛدِس کُٹھِس ژا یکھ، خانہٕ دار ہٕندی ساکِنہٕ...... ہیٚمہٕ بابہٕ ہٕنٛدِس؟'' امہِ سوالہٕ ہتی گوٚ ونوشہِ زن دم۔ تمہِ ہیوٚک نہٕ امہِ سوالُک یکدم جوابے دِتھ۔

''ژٕنے ژھے پٕ زوننگ وعدٕ کوٚ رمُت۔ پیٚہ ژھُنہٕ مرن واُلس اپز وٕنن جائز۔ کہنٛدِس کُٹھِس ژاایکھ ژٕ؟''

''کاک صاٗبنس...... مگر تہٕنٛدِ اِجازتہٕ۔''

''مےٚ اُس پےٚ مگر چون تصدیق اٰسس یِوھان۔''

''لُڑکہٕ پاٗدِ کرنہٕ موکھ اوس تہِ ضروری موجی، مےٚ دِیزِ معاُفی۔''

''میٚون خانہٕ دار ژھ پزی مرد۔ پےٚ ژھے ناوٕنہٕ کاُژاہ ہمت ژھبس۔''

نوشہِ پیٚہ سوراتھ ژِہہ پتہٕ ژِہہ یاد۔ سوراُ وتتھ راُژ منز تہٕ واُ ژبیٚہ توٗتےٚ۔ کیشوٗ کاٗلی یِیلہٕ تِس ہوش آو، موج اُس دژامو جسم اوس اُتی۔ تمہِ

لاُے گُنی کر بکھ۔ دس تہٕ کاک آے دوران، ساڑِے بستی گیہِ انگنس منز جمع۔ یہِ اوس اتھ بستی منز گوڈنیک موت۔ تہٕ أتھی ستیٚ گوٚو یہِ مسلہٕ تہٕ شروع زِ لاشہِ کیاہ کرِو۔ زالونہٕ کِنہٕ ؤڈرون۔ یم دونوٚے طریقہٕ اُسی پڑأنی۔ تمی سماجکی یِیمہِ پتھٕ تم ژٔلِتھ آے۔ یوٚ دوٚے نوٚو دٔے چھ۔ نوٚو سوچ چھ، نٔوی اصول چھِ، تیلہِ چھ لاش اند واتناونک تہٕ نوٚو طریقہٕ ژھانڈُن۔ تمٕی گری لُکھ جمع تہٕ وۆننکھ زِ موت کیاہ گوٚو، اکھا کھ کتھ تاُرنکھ فِکرِ، سوائے یِمو کتھو زِ موت کیاہ زِ چھ یوان تہٕ مرِتھ کیاہ چھِ سپدان۔ تس اوس نہٕ اتھ متلق کانٛہہ علِم، کانٛہہ نیب۔ اسلیٔ گر اتھ پتھٕ تمی تہٕ خاموشی اختیار۔ تمی ووٚن لاش ٹھکانس لگاونس متعلق پتمن لُکن:

"سانٛی جد چھِ آمتی لاشن زالان، ؤڈران تہٕ کینہٕ چھِ جانورن تہٕ ترٛاوان۔ زالنہٕ خاطرٕ چھےٚ لُکر ضرورتھ، ؤڈراونہٕ خاطرٕ زمین تہٕ جانورن ترٛاونہٕ ستیٚ گوٚھن جانور آدم خور تیار۔ اسلیٔ چھ مےٚ خیال زِ أسی آسوکھ لاشہِ دریاوس ژٕھنان۔ گاڈِ کھمن انسانٛی مازس، کرٛنز روزن دریاوِ کس سطحس پتھ، یِیمہِ کِنی آب صاف سپدِ۔ کانٛسہِ کوٚرنہٕ کانٛہہ سوال۔ تِکیٚازِ یہِ اوس تِمہندِ دِماغہٕ نبر معاملہٕ۔ اتھ متعلق اوس وُنہِ تمن ہیٚچھن۔ خاٚر، ماجہِ ہنٛز لاش آیہِ دریاوس ترٛاونہٕ، بلکل تِتھےٚ گٔنی یتھ گنٛز سو اُس۔ نہٕ کانٛہہ سڑان، نہٕ کفن، نہٕ کانٛہہ منتر تہٕ نہٕ کانٛہہ آیت۔ بس تِمچھ نکھس پتھ تہٕ ترٛاوِ کھ دریاوس، پتمن سنبر اوس واریاہ۔ یتھ پاٹھی گوٚو بستی منز اکھ نوٚو

موضوع دٲخل۔ موت ۔یہِ رٕہ د واریاھس کالس تمام بستی ہِنٛد بن بسکیپن دبماغس منٛز مگر کینٛہہ کاٲلی موٗش یہِ پانٕے ۔کاک گوٚو گُن ، زن تہٕ دم پھُٹ ۔آشنہِ بغاٗر باسیٚوس زِتہ ہنٛد سِرٕ بوج دزٲوتس تزٲ وِتھ۔مگرتس اوس أنٛدرٕ پنٕنہِ گوٗنہکہ سٕہ احساس تہٕ کوٚران یُس نہٕ تِمَو زانِہہ تہٕ پنٕنہِ آشنہِ وۄن۔تس اوس باسان زِتِم کوٚرتس ستی دغا۔مگر یپاٗرِ اُسس یہِ بشاشت زِتِمی کٔر پنٕنس نچُوِ سٕنٛز خواٗہش پوٗر۔تتھ پاٗٹھی گو بستی منٛز وخ گذران تہٕ دس، گوٚ واتھ بستی منٛز نوبرانان، اتھ ترقی گُن نوان۔أتھی منٛز گوٚ وِسکہٕ تہٕ شروع۔سِکہٕ اوس تزٲ اموٗ، تِکیاز تزٲ ام اوس واریاہ تعداد س منٛز اتہِ زمینہٕ منٛزٕ نیران۔ یہِ صاف کرنٕک طریقہٕ ہیچھناٗ وِتھ گوٚ واتھ بستی منٛز بازر، سِکہٕ، کاروبار بیترٕ شروع۔ یہِ سورُے بڑبن بڑبن شہرن منٛز دستیاب اوس،تہٕ لوٚگ اتہٕ تہٕ دستیاب سپدنہٕ۔سبٹھاہ کم وختس منٛز گوٚ ویہِ امہٕ کِنۍ ممکن زِیمن اوس سائنسی سوچ پتہٕ کنہٕ تہٕ تمہٕ سوچ وٲحد علامتھ اوس دس۔

نوٚ ودٕے،نوٚ وخوداے تہٕ گوٚ ووارٕ وارٕ شکل رٹان۔مگراچھ شکل اُس نہٕ دس سٕنٛزِ آشنہِ پسند۔سو اُس اتھ کم کم ناودِوان تہٕ پنٕنس خاندارس بیزار زِتِمی کیٛاہ کوٚر یہِ ۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ تم شامن بستی گُن نظر تزٲ وِتھ امہٕ کِس وُسجارس سٕنٛتھ اُسی ،آشنی اُس مگر اتھ بستی بیزار۔

"اَسہِ دِتی بغاوتھ کٔرتھ پزٲ اُنس دَیس ،خودالیس زخم۔اَسہِ کوٚ رسٕہ رتہٕ داٗوی ۔ووٗنی چھِے سأنی واٗری رتہٕ داٗوی گرٕ ھ ہنٛچ۔"

''مطلب۔''

''أسی ماوأتی توٚتے، ییٚتہِ اوتارن تہٕ پأغمبرن ہٕنز ضرورت پیٚیہِ۔ ژٕ چھکھہٕ پننِس قائم کری ہٕتِس اتھ سماجس سنٛیوٗمت زانٛہہ۔ اتھ منٛز چھنہٕ سہ روح، سہ آتما، ییٚمہِ کنٛز اکھ سماج واریاہس کالس زِندٕ ہیکہِ روٗزِتھ۔ ییٚمہِ کنٛ تتھ اکھ بنیاد میلہِ۔ مضبوطی ییٚس۔''

''وُنہِ چھُ یہِ سون سماج شُری کِیہِ ہتی کھوٚجہٕ کران۔ وونی گژھ یہِ پکنس لایق۔ پتہٕ ییٚس سوچ۔ اِدٕ ہیکِھ ژٕ کانٛہہ فأصلہٕ نِتھ۔''

''ییٚمہِ انمانہٕ یہِ وُنکیس سونچان چھُ تمی انمانہٕ سوچہِ یہِ پگاہ تہِ۔ ییٚمن نِش چھنہٕ وُنہِ موج، بیٚنہِ، شرم وحیا کانٛہہ معنے تھاوان۔''

''ویسے چھُ کیاہ اتھ معنے۔ ییٚم چھِنا تم پٔزانہِ سماجکی فرسوٗدٕ خیال، ییٚم اسہِ نیٚبرِمس تہٕ أندرِمس منٛز بینن پأدٕ کران چھِ۔ مےٚ چھےٚ یہِ خوٗشی زِ یہِ ییٚم أندرٕ چھِ تی چھِ نیٚبر تہِ۔''

''تہِ ماچھُ أکِس سماجس منٛز چلان۔ اتھ منٛز چھےٚ کینٛہہ بندِشہِ ضروری۔''

''مگر کیاز۔ تیٚمِس یہِ خوش کرِ، تمِس پزِ ناتہٕ کرُن۔''

''امہِ ہتی ہیکہِ بیٚیہ ہٕند بن جذباتن ٹھیس لگِتھ۔''

''مگر ییٚم چھِنہٕ سو کأمے کران، ییٚمہِ ہتی بیاکھ ناراض سپدِ، توٚے چھِ خوش۔ ییٚم چھِ خوٗشی تلاش کران۔ تی کران، یہِ ییٚمن خوش تھاوِتھ

ہیکہِ۔"

"یوسہٕ کاُم أکس خوٗشی دِیہِ سو ہیکہِ بیٚیس تکلیف تہٕ دِتھ۔ سماجس منٛز چھِ کیٛنہہ کمزور لُکھ تہٕ آسان۔ تِمن تہٕ چھُ زِندٕ روزُن۔"

"چون مطلب چھا اسہِ تہٕ پزٕ اکھ دَے، اکھ خودا یے بناوُن، تِمُس سُند خوف تھاوُن۔ پتہٕ سماج کمزور کرُن، یِتھ رٔتھزن سوچنہٕ چھِن صلاحیتن پیٹھ ہمیشہِ سُہ دَے سوار روزِ۔ گوڈنِچ کتھ چھےٚ یہِ زِ یمیٚک علم نہٕ پانس آسہِ، تہٕ پزِ نہٕ لُکن یا بیٚیس وَنُن۔ یاد چھُیہِ! تتھ بستی منٛز أسی ساری دَیہٕ سنٛز کتھ کران۔ مگر کانٛسہِ اوسا وُچھمُت سُہ؟ وُچھن گوٚو الگ، محسوٗس اوسا کانٛسہِ کوٚرمُت؟...... نہٕ۔ بس آسہٕ کتھٕ، تہٕ یِمےٚ کتھٕ آسہٕ بڑٕ ؤنہہ پکان۔ چلو، اسہِ کوٚر نہٕ محسوٗس، مگر تس گوٚژھ پتمِن لُکن ہِنٛدِ تکلیفہٕ احساس آسُن۔ دوہ پتہٕ دوہ گوٚو تِمن تکلیفن منٛز ہُر برسپدان۔ مگر کانٛہہ اکھا گوٚو نہٕ اسہِ تِمو منٛز کڑان۔ خبر کیاہ حال آسہِ تِمن۔ سأنی رامہٕ ہوٗنی مولٔکیٚ، کُنہِ چھا کانٛہہ نظرِ گژھان۔ مگر تِہنٛدی رامہٕ ہوٗنی چھِ لگاتار تِمن پتَے۔ تِم مولکن نہٕ زانٛہہ۔"

"أسی چھِ دَیس تقصیر کھالان، تتہِ کیو سیاست دانو کیاہ کوٚر۔"

"سیاست دانس تہٕ دَیس گژھِ کانٛہہ فرق آسنی۔ دَے چھُنہٕ سیاست کران۔ سُہ چھُ رحم کران۔ دَیا کران۔ معاف کران۔"

أتھی منٛز چھُ کاک تہٕ پننہِ کمرٕ منٛز نیران تہٕ أتی بہان۔ نوٗش چھےٚ اند

کُن پٔنٕز جاے رٹان۔ کاک چھُ پننِس نیچِوِس کُن وُچھان۔

''کیا سا گۆ برا، کیاہ چھکھ سونچان!''

''سونچان چھُس زِ یہِ بستی گٔیہِ وُچھان وُچھان قائم۔ کُنہِ محنتہٕ، کُنہِ پریشانی بغار۔''

''اتھ منز چھُ چون واریاہ دیُت۔''

کاکا، میٲنے یوت نہٕ، چون تہٕ۔'' اتھ جُملس پېٹھ چھےٚ آشنٕز تھۆد ووتھان تہٕ اندر اژان۔

''یۆدوَے ژٕ تمہِ دوہہٕ مانہکھ نہٕ، یہِ خاب کتہٕ گژھہ ہے پوٗرٕ۔''

''مگر تنہٕ ووت مےٚ أندری تکلیف ٹلان۔''

''کیاز؟''

''مےٚ دیُت تس دھوکہٕ۔''

''یہِ گۆو نہٕ کاکا دھوکہٕ، اتھ چھِ ونان قوربٲنی۔ یہِ قوربٲنی اُس ضروری۔ تیلی چھِ أسی یہِ بستی وُچھتھ ہبکان۔ اچ ترقی کانٛچھان۔''

''بٔہ کرٕ ہا تس نِش امیُک اظہار، غلطی ہُنٛد کرٕ ہا اعتراف۔ مگر تمہِ دِژ نہٕ نیرنہٕ وِزِ مہلتھے۔''

گونہکہ تہٕ ثوابُک تصور چھُھی نہٕ اسہِ نِش۔ گوناہ تہٕ ثواب چھِ سانہِ ژ کوشِشہِ۔ یوسہٕ کامیاب گژھہ، پھولہِ، سُہ گۆو ثواب۔ یوسہٕ ناکام گژھہ، ختم سپدِ، سُہ گۆو گوناہ۔''

"کینہٕ اصوٗل پزٕہن بناوٕنی یمن ہِندِ خاطرٕ" کاک ووٗتھ سبٹھاہ

بُردبأری سان:

"وُنہِ چھےٚ بستی شُری لأزی سُتی، باشہِ کران۔ وُنہِ ترٛاوو کھنہٕ کانْہہ

بور، تہٕ نہٕ ہیٚن یمن ترمہٕ کتھٕ سمجھ۔"

امہِ ساعتہٕ چھُ بستی منٛز سخ شور ووتلان ترٛہووے چھِ بستی کُن

دوران۔ بستی منٛز وأتتھ چھُ تمن اکھ عجیب منظر درٛینٛٹھی گوٚھان۔ بستی

ہِندی لُکھ چھِ دون حصّن منٛز تقسیم آسان گامتۍ۔ تہٕ پانہٕ وأنی چھِ آسان

لڑایہٕ کران۔ دوشوٚے ڈُرۍ چھِ خوٗنہٕ سٔری آسان گأمتۍ۔ دس ہنٛز خانہٕ

دارنی چھےٚ دوشوٕنی دربن پتھ رٹان، دوشوٕنی دربن خوٗن ژھراوان۔ اور

تہِ چھےٚ سوے تہٕ یورٕ تہٕ۔ لڑایہِ ہُنٛد وجہ ییلہِ دس مولوٗم کرنہِ چھُ لگان، تس

چھُ وننہٕ یِوان زِ اکہِ طرفہٕ کوٗلڑکو اُس بیٚیہ طرفٕچ کوٗرِ جبرأ رٕٹموٚ تہٕ تس ستی

جنسی فعل کوٗرمُت۔ یہِ اوس امہِ بستی ہُنٛد گوڈنیُک واقہٕ ییلہِ کانْسہِ ہنٛزِ

مرضی خلاف کانْسہ یتھ قدم تلمُت اوس۔ دس ہنٛزِ آشنہٕ رٔٹ کوٗر پانس

ستی تہٕ دیُت نس دِلاسہٕ۔ مگر دس گوٚو اتھ حرکتہٕ پٹھ سبٹھاہ ناراض۔ تمۍ

بُلأوی پنٕنی نیچوِی تہٕ کوٗرُن فأصلہٕ زِ یُس بیٚیہ ہنٛزِ مرضی خلاف پنٕنی خوشی

ژھارِ، سہ چھُ جُرم تہٕ اتھ گژھہ سزا میلُن۔ یوہے چھُ بستی ہُنٛد واُحد

قونوٗن۔ سزا آدیہ مقرّر کرنہٕ زِ یم دونوٚے لڑکہٕ گژھن اتھِ کھور گنٛڈِتھ

دریاوس ترٛاونہٕ ینی۔ یتھ گاڈٕ تازٕ تہٕ جوان مازٕک لُطف تُلن۔ یہِ اوس

بٹھاہ بوٚڈ قدم مگر پوٚزِ سماجہِ خاطرِ اوس سبٹھاہ کار آمد۔ امہِ ستۍ باسیوٚ وُسُ
سِنز آشنہِ زِ سماج ہیکہِ ووٚنی زندٕ روٚزِتھ۔ ووٚنی ہیکہِ اتھ منز روح یا آتما پاۂدٕ
سپدِتھ۔ تٔوکتھ چھِ نوٚن دوٚہن روزان۔ امہِ حاۂدِثُک چرچہ تہٕ روٚد کینٛژھن
دوٚہن۔ پتہٕ آیہِ بستی منز زندگی معمولس پیٹھ مگر اکھ چیز یُس سماجس منز
داخل سپدٕ، سُہ گوٚو سزا۔ سزا بنیوٚ ضروری خاصکر تمن ہنٛدِ خاطرِ یم نہٕ
بیٚین ہُنٛد خیال تھاوَن، تہنزٕن خوٚشیَن سنن۔ امہِ فاصلہٕ ستۍ گیہِ دُس سِنز
آشنیٚن سبٹھاہ خوش۔ حالانکہِ یمن سزا میوٚل، تم تہٕ اُسی تہنٛدٕے خوٚن۔
دُس اوس پانہٕ زِ جوان راونہٕ کِس ماتمس ستۍ۔ خاۂر، امہِ ستۍ میوٚل سماجس
اکھ بوٚڈ پاۂغام۔ کاک تہٕ اوس اتھ فاصلس پیٹھ خوش۔ تس اوس باسان زِ
یوٚدوَے سماجس منز سزا آو، دَے تہٕ پیہِ پانَے۔ دُبارٕ پیلہِ کانٛسہِ سزا لگہِ،
یم کرن درخواست، کانٛسہِ کرن منگ تہٕ سے آسہِ نوٚو "دَے" زینٛک
نیب۔ امہِ پتہٕ لوٚگ دُس بستی ہنٛد بن لکھن، تہنٛد بن مسلن سننہِ۔ تمۍ سوٚنچ
زِ تاۂلیم چھِ اکھ بوٚڈ ہتھیار، یُس یہنٛد بن دماغن کرِ رٹہِ۔ تمۍ لاج یمن
تاۂلیم دِنۍ۔ سو تاۂلیم، یتھ منز نہٕ کُنہِ جایہِ کانٛہہ دھرم یا کانٛہہ مذہب اوس،
تہٕ نہٕ امہِ قسمچ کانٛہہ ذِکر اُس۔ یتھ منز بس اکھِ خوشہٕ نہٕ سماجکی تصویر اُس۔
تہٕ یہِ تصویر کموٚ چیز ورٹہِ ہے رنگ، تم چیز اُسی اتھ تاۂلیمہِ منز شاۂمل۔
ساۂرِ ہے بستی منز اوس نہٕ کُنہِ اسمانٛی طاقتُک کانٛہہ وجوٗدے۔ تکیاز سُہ اوسنہٕ
تہنٛد بن دماغن منز ژاونے آمت۔ کاک اوس سوٚنچان زِ اَندری چھُ یہِ

سماج تۆری کُن لمان۔ مگر یوٚ تام یہِ تتھ مقامس واتہِ، توٚ تام آسہِ نہٕ سُہ زِندٕ۔ یہِ تذُبذُب اوس تس أندری کوٚران۔ تمٕی اُسی زندگی ہنٛدی واریاہ وٕری أکِس دَیِس ہتی گزأری متی، اوِ کنی اوس تس توہنٛد لول تہِ سبٹھاہ آمُت۔ سُہ اوس سونچان زِ یوٚ دوَے تمٕی کینٛہہ جان کوٚر نہٕ، مگر غلط تہِ کوٚرُن نہٕ کینٛہہ۔ اگر رُت کوٚچھن نہٕ مگر بدی تہِ کٔرِن نہٕ کانٛہہ۔ یتھ حالتس منٛز چھُ وُنہِ تہِ سُے اسہِ ہتی۔ یہِ اوس توہنٛد خیال تہٕ امیُک اظہار اوس سُہ کُنہِ دوہَہ پنہٕ نِس نیچوِس نِش کرُن یَژھان۔ شایداوس صحی وخ تہٕ موقہٕ ژھانڈان۔ سُہ اوس شامن دوہے گھنٹہٕ زٕ گھنٹہٕ گرِ نِش دوٗر روزان۔ کوٚت اوس گژھان تہٕ کیٛاز اوس گژھان، تہِ اوس نہٕ کانٛسہِ تہِ پَے۔ مگر شامن ییٚلہِ سُہ گرٕ اوس واتان، أمی ہنٛدِس بُتھِس پیٹھ اوس سکوٗن ہیوٗ درٛاینٛٹھی گژھان۔ دُس، تہٕ تہنٛز آشینٛز اُسی أمِس وُچھِتھ سبٹھاہ خوش گژھان۔ تمہ اُسی سونچان زِ یتھ وأنسہِ منٛز تہِ چھُ امہِ انمانہٕ پھیران تھوران، یہِ چھےٚ بڈ کتھ۔ کاک اوس ہتہٕ وُہر تہٕ برابر نمتن وٕری ین ہُنٛد تجرُبہٕ اوس تس پتہٕ کنہِ۔ گوڈِنکی داہ وٕری چھِ شُری لأزی ہندی آسان۔ مگر تمٕی اُس نہٕ زانٛہہ تہِ شُری لأزی وُچھمٕژ یا گرٕ ہٕژ۔ تِکیٛازِ تس اوس لوکچارِ پانہٕ پیٹھے گریٚک بار تُلن پیوٚمُت۔ ییٚلہِ تس خاندر گوٚو، سُہ اوس وُہہ وُہر۔ امہِ پتےٚ زاوُس، تہٕ تمٕی کوٚر بس۔ حالانکہِ سأری لگی تس پتہٕ زِ شُری گژھن کم سے کم زٕ آسنی۔ مگر تس اوس عیال بأری ہُنٛد تلخ تجرُبہٕ۔ اسلئے مون نہٕ تمٕی، تہٕ

سوُرے توجہ کوٗرُن اُمی سِہ کُنِس اولادس پیٹھ مرکوٗز۔ دُس' اوس لایق
لڑکہٕ۔ اُمی پوٗر رلیوٗکھ مگر اُتھی ستی ہیوٚتن سوخوشوٗنی پتھر تہٕ وُجارٕ
گرٕھنی۔ نظر لُجسا کِنہٕ کانُسہٕ ہنٛدِ شرارتُک شکار گیہٕ۔ سوٗ پتھر روزٕ پتھے پتھ
گرٕھان۔ گرس گرس گوٗ وموت فران۔ شُمارٕ رے روٗدنہٕ زِ کانٛتیاہ موٗدی تہٕ
کانٛتیاہ گےٚ غاب۔ کانٛتیاہ واُتی پاگل خانن تہٕ کانٛتیاہ تہٕ کانٛتیاہ ژٔلی پتھر
ترٛاُوتھ۔ اکھ عجیب تماشا گوٗوتھ اگادِ۔ زن تہٕ اوس سُہ ستی سرُک دیو
ووٗتلتھ آمُت۔ برداشہٕ نیبر گیہٕ کتھ یِمہٕ کِنی دُس' پننِس دَیس ناراض
گرِھتھ سوٗ پتھر ترٛاُوِتھ آو۔ یہٕ پتھر بساونس لوٗگ وخ، مگر یِیتہٕ چُھنہٕ تہٕ،
یہ تتہٕ اوس۔ شاید چُھنہٕ اِوٕ کِنی زِ یِیتہٕ چُھنہٕ کانٛہہ تہٕ دَے۔ یِیتہٕ چھِ پننہٕ پننہٕ
جایہٕ ساُری دَے۔ ساُری خوداے۔ اِوٕ کِنی چھےٚ شاید یِیتہٕ شانتی۔ اِوٕ کِنی
چُھنہٕ دِلن منٛز کانٛہہ بُغض، کانٛہہ رنجش۔ وخ گوٗو گذران دُس' گوٗو پوٗرٕ بستی
علِم واتناونس منٛز تہٕ کامیاب۔ تہٕ امیُک نتیجہٕ دراو یہٕ زِ لُکو ہیوٚت یہٕ
مانُن۔ لُکو ہیوٚت اُمِس احترام کرُن۔ اُمِس کھوژُن۔ دُس' گوٗو اُنٛدرٕی
اتھ کتھِ پیٹھ خوش مگر تس اوس نہٕ اندازٕ زِ یہٕ احترام کیاہ کرِ بدٕ ونٛہہ کُن پکِتھ۔
دُس' گوٗو بستی ستی یوٚت آوُر زِ سُہ ہیوٚک نہٕ آشنہٕ کانٛہہ وخ دِتھ یِمہٕ کِنی سو
بیمار رہیوٚن روزٕنی۔ تِہنٛز فکر اُس کاکس۔ کاک اوس دوہے شامن پننِس
نیچوِس اتھ معاملس نسبت ونان روزان مگر صجن اوس سُہ یِیہٕ بستی منٛز ووتمت
آسان۔ آشنہٕ ہُنٛد صحت گوٗو یوٚت خراب زِ سو گیہٕ ووٗنی بسترس لاُرِتھ۔

اکہِ دوہہ راتھ کیُتھ باسیٖو وُلتس سپنس تل دم ہیوٗ، تمہِ کوٗر دس ہُشار۔

''کیاہ دلیل، ٹھیکھ چھیکھ!''

''نہ ــــ مےٚ وُچھ خابس منز موج۔''

''موج! کیاہ اُسے ونان۔''

''دپان اُسم ''ءٔ چھسے پزٕ اران، یِوان کونہٕ چھکبھ۔''

''یمہِ کمہِ کتھہِ چھکبھ کران۔ خاب چُھ تی، یہِ انسان دوہس سونچہِ۔''

''مگر ماجہِ متعلق گوٚ وےٚ واریاہ کالاہ سونچنس۔ سواُس مےٚ مُشتھے گاٗمُت۔''

''شوٗنگ، یمن کتھن مہ آس سنان۔''

''نہ ازچھ سنُن۔ تِلکیاٗ زِمیاٗنی جسمن چُھ مکمل طور جواب دِیُتمُت۔

ءٔ ہیکہٕ نہٕ ووٗنی زندٕ روٗزِتھ۔ ژٕ کر انتظام مےٚ دریاوس ترٛاونک۔''

''مَہ آس یمہِ کتھہِ کران۔ یَمو کتھو چُھ مےٚ دِل گابران۔'' دس اوس پننہِ آشنہِ سبٹھاہ محبت کران، اوے اُس تھٕنز پرٛتھ کانٛہہ کتھ تس ترِتھ گڑھان۔

''ءٔ چھسے پوٚز ونان، کینہٕ ژٕہتہ بس.....''

''مےٚ کس ترٛاوکھ؟''

''ژٕ ےچھی پیتی شری، یوٗت عیال۔ ساٗری چاٗنی دزٕی کران۔

ژے کیہہ ضرور تھ چھیے وونی۔"

"تو تہٕ چھے مے پرٕتھ قدمس پیٹھ چانئی ضرورتھ، چون انتظار۔"

"یمہٕ گیہ ونہٕ نچہ کتھٕ۔ از چھ مے فکرِ تران زِ پرٕ ون خودائے

مُشرِتھ، تس ستی بغاوتھ کرِتھ کیاہ زِ آکھ ژٕ یور۔"

"کیاہ زِ ؟"

"تِکیاہ زِ ژٕ بنگھ ییتہٕ وونی دے، ژٕ بنگھ یُہُند خودائے۔ ژٕ پرٕ اوکھ

سُے درجہٕ۔"

"یہٕ کیاہ چھکھ ونان۔ یہٕ کتھ پاٹھی یِوٕ ھ بٕہ۔ یہٕ چھا موٗلی کتھ

زِ یہٕ گژھ ہوٕر۔"

"مگر از گیہ ہوٕر۔ ساری پتھر چھے ژے دے مانان۔ ویسے غلط

چُھنہٕ کینْہہ، یُہُند خالق چھکھ ژٕ ے۔ یمہٕ پتھرِ ہُند بناون وول چھکھ

ژٕ ے۔ اگر ژے دے ونئے، غلط کرن نہٕ۔ چون خاب تہٕ گژھ ہوٕر تہٕ

سماجس منز یوسہٕ وبٔ ھے چھے، سو تہٕ ژٕلہٕ۔"

"یمہٕ کمہٕ کتھٕ چھکھ ژٕ از کران، مے اوس نہٕ یتھ کانْہہ تہٕ خاب

وُچھمُت۔ ہنْہہ...... ژے کیاہ دٔلیل چھیے؟"

"از دِمے کتھٕ کرنہٕ تِکیاہ زِ پتہٕ گژھ بٕہ خاموش۔ پتہٕ یِوٕ دوَے ژٕ

یِوٕ ھکھ تہٕ بوزنہٕ، مگر بٕہ آسہٕ ماجہِ نِش واتھ موٗ۔"

"اوہو، مے مہٕ تُل تفریق یمو کتھو ستی۔"

"پَے چھیٚہِ، اصلی تفریق کس وۄتھ..... مےٚ، ماجہِ تہٕ کاکس۔ اسہِ ژٔ ییٚو ھور تہٕ ژٔے زیوٗتھ۔ یۄ دوٚے دَلیس ستی رشتہٕ ٹھیکھ آسہِ تھووُمت، وُنکین تلہِ ہابہٕ اتھہِ زِتھوٚ دتہٕ منگہِ ہس پننہِ زندگی۔ مےٚ چھ یقین سُہ بخشہِ ہے مےٚ بییہِ کینژہہ وٗری۔ مگر کمہِ بتھہِ منگس، کیاہ وَنس۔ سونچان چھس زِ سُہ کرِ ٹسنہٕ۔"

"تس چھنہٕ ٹسنہٕ کرنک حق۔ تِکیازِ سُہ چھ دَے۔ تس چھ بوزُن۔ گرِتھ ہیکیا کینژہہ کِنہٕ نہ، تہٕ چھنہٕ پَے۔"

"ووٚنی بوز میانۍ اکھ کتھ۔ ژٔ چھکھ دَے بنیومُت، ژٔے چھے سُے درجہِ پرٛووُمُت۔ ووٚنی تھاوی زِ یہِ برٛم قائم۔ ووٚنی پھٹراوی زِنہٕ یمن ہُند بھروسہ، یمن ہُند یقین۔ یم چھہِ میانۍ اولاد، موصوٗم تہٕ نادان۔ یمن ستی روٗزی زِ ہمیشہِ۔"

"بہٕ روزہِ یمنے ستی، اِد کوٚت گژھ۔ مرُن زیوٚن چھ بس ییٚتی۔"

"اما موج کیاہ کرنہٕ آیہِ!!"

"کتہٕ چھےٚ؟"

"ییکیا چھنا مےٚ نش، اتھس تھپھ گرِتھ۔ موجی! موجی!"

یِی وَنان دیُت دِس ہِشرٕ آشنہِ امانت۔ دِس گوٚورٕ ہتھ۔ تس تور ووٚنی فکرِ زِتھہشرٕ آشینۍ اُس پوٚ زونان زِتمہِ وُچھ موج خابس منٛز۔ تمی آسہِ پانس ستی نیمو۔ امہِ ستی وو تلییٚ تس مزید سوال مگر ووٚنی ہیوٚک نہٕ تمی کُنہِ پتھ

سۆنچھ۔ تِمۍ ڈُلو زورِ زورِ آشِنۍ مگر سوٲس بےٚ حِس، زن تہٕ میٚو۔ ژلِش
ژٲونس، آبہٕ چھر کاو کوٚرنس مگر تِم چیز کیاہ کرہن، سوٲس تو روٲژھمُت۔

دُس' گوٚو ووٚنۍ پیٚیہٕ ہن تہٕ آزاد، لُکن ہِندِ باپت، تِہُند بوزنہٕ
باپت۔ تہٕ یہٕ تس آشنہِ اوس ووٚنمُت، تہٕ باسیوٚ وُتس وارِ وارِ صحی ثابت
سپدان۔ سُہ اوس پزی دَے بنیومُت۔ لُکھ ٲسی تس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تِہُنزن
وَتن پوشہِ ورشُن کران۔ تس نہٕ پتھر بیہنہٕ دِوان۔ تِہُندِ خاطرِ گوڈے تخت
سجاوان۔ پرٕتھ گرس منز وٲژ اہنز تصویر۔ یہِ اوس واقعی اوہند دور، اوہند
پگاہ۔ تہٕ یہِ اوس پزی امہِ پکھنک دَے۔

تھوٚد قد پزاونہٕ کِنی بڑیٚے لُکن ووٚمید تہٕ تھزٕ۔ تِمو ہیٚتی تھد بن
تھَد بن مسلن ہِندی حل اُمس نِش ژھارِنی۔ مگر یہِ اوس ژکہِ اِنسان، ہَنا
اوس زیرک، تمہِ کِنی اوس یہِ اورِ یور گرِتھ زمینی حل دِوان ژھاٹُنڈِتھ۔ مگر
تھَد بن مسلن ہُنُند حل اوس نہٕ اُمس نِش تہٕ۔ بہرحال روز بستی منز زندگی
پکان۔ یہِ تہٕ گوٚو زیادٕ خوتہٕ زیادٕ اُتھی زندگی منز شامل سپدان۔ یپارٕی
اوس کاک تہٕ ووٚنۍ ہتہٕ پیٹھی گومُت۔ تس اُس نہٕ ووٚنۍ ہمت رُوزمُژ۔ تہٕ نہٕ
اوس سُہ پننہِ کمرِ منزٕ نیران۔ تس اوس دُس' توٚتے پرٕتھ کانْہہ چیز واتناوان تہٕ
تِہُندِ صحتک اوس سُہ سبٹھاہ خیال تھاوان۔ کاکن اوس شامن پننہِ تتھ جایہِ
گرُھن تہٕ ترٕووُمُت۔ شاید اُس تِمۍ ووٚنۍ ہار مانۍمُژ۔ اکہِ دوہہٕ شامن
ییٚلہِ دُس' بستی پیٹھ واپس آو، کاک اوس تس نیٚبرِ کنہِ پرٕاران۔ کاکس نیٚبرِ

کنہٕ وُچھِتھ گوٚ وُس، تھوڑا پریشان۔ تَمہِ ترٛ وۄ قدم تیز تہٕ ووت کاکس بلکل نکھہٕ۔ پھیکِس پیٹھ اتھہٕ تھاوِتھ پرٛژھنس:

''کاکا، ژٕ کیاہ پیٚتیمن کران۔''

''بٕہ اوس سٕے ژےٚ پرٛاران۔''

''أنْدرٕ کنہِ تہِ ہکبکھ پرٛأرِتھ۔ پیٚتیمن کوسہٕ مجبوٗری أسہٕ پرٛارٕنۍ، پٔنُن پان تھکہٕ راوٕنۍ۔''

''اسہِ چھُ نیٚبرٕ ے نیرُن۔''

''وجہ! کوٚت چھُ گژھُن۔''

''بٕہ ہاوَے ژےٚ ازا کھ جاے، یوٚسہٕ مےٚ پتہٕ ژےٚ ڈوٗکھ روزی۔ یوٚسہٕ مےٚ پتہٕ ژےٚ مدد کری تہٕ مُشکِل حالاتو منٛز کرٛی۔''

''کاکا! یہِ کیاہ چھُکھ ژٕ ونان، دَے نہٕ تہٕ جاے۔ یہِ کیاہ؟ ژےٚ چھےٚ ناپےٚ، امہِ کِنی ہیٚو اسہِ پیٚو خأری۔''

''چون مسلہٕ چھُ پرٛون دَے، پرٛون خوداے۔ نُوِس دَیس ستی کوسہٕ دُشمنی چھےٚ۔''

''مےٚ أس نہٕ پرٛأنس ستی تہٕ دُشمنی مگر تمہِ پتھرِ ہِندی حالات وُچھِتھ گوس بٕہ بد دِل۔''

''چلو، تی صحی۔ یِکھ مےٚ ستی۔''

''وُنکیس چھُ راتھ ژ پہر چلان۔ وُنکین کیاہ ضروری چھُ تور گژھُن۔

پگاہ بنہٕ ناوٗ چھِنیٚ کاکا۔ پگھ کرآرام۔"

"پگاہ کُس آو وٗچھِتھ۔ ژٕ پگھ میٚے ستیٚ بس ییٚمی دمہٕ۔" کاکہٕ سُند حُکم اوس نہٕ دٕس' ٹاٲلتھ ہبکان تِکیاژِ کاکن اوس یہٕ گرِ گرِ مُشکلو منٛز کۆڈمُت۔ أمۍ ہِنٛدِس سوچس ساتھ دیتُمُت۔ دٕس' دژاو کاکس پتہٕ پتہٕ مگر وَتہٕ آسہٕ زن زوٗنہٕ گاشس منز چمکان۔ منٛزٕ منٛزٕ ییٚتھِن تہِ آب دژِ یٹھی اوس گژھان، سہٕ اوس از زوٗنہٕ گاشسِ منز سونہٲری باسان۔ موسم اوس سبٹھاہ خوشگوار۔ یُس تہِ دِیوداری گُل وُنہِ بُچھ اوس، سہٕ اوس سبٹھاہ ٹھنڈٕ ہوادِوان تہٕ ستیٚ ستیٚ خوشبوے تہٕ ژھٹان۔ دوٚنوَے گۓ واریاہس کالس پکان۔

"کاکاوُنہِ کوتاہ دوٗر چھُ گژھن۔ ژٕ ہاتھلکھ تہٕ پکھ۔"

"مےٚ چھِ پےٚ گۆبرازِ بہ بہمہٕ، مگر یہِ تہِ چھم پےٚ زِ از بہمہٕ نہٕ۔ ژٕ تھاوی زِ وَتھ یاد، پتہٕ لبنۍ چھے مشکل۔"

"کہنۍ چھنہٕ پرواے کاکا۔ مےٚ تھاوی نِشانہٕ ویڈی۔" دوٚنوَے گۓ زوٗنہٕ گاشس پکان، یوٗتام یم أکِس ڈکرِ پٹھ واتی۔

"کر نظر اَسمانس کُن،" کاکن ووٗن ییٚتھِن نِچوس۔ دٕس' ژُکیو وَتہٕ نظر تژاوِن اسمانس۔ سہٕ گۆورۆزِتھ۔ عجیب منظر اوس اَسمانس منٛز۔ زوٗن، تارکھ، یم زن اُسی یوٗن وُتھی ہتی۔ بس کینٛہہ گز دوٗر براوسکھ تھوٚوُمُت۔ تارکھ زن اُسی رقص کران۔ زوٗن زن اُس اسان۔ ییٚمو روٗس اوس نہٕ ہیٚیہٕ کینٛہہ تہِ لبنہٕ یوان۔ نہٕ بستی، نہٕ پہاڑ، نہٕ گُلی، نہٕ ڈٲری یاو، کہنۍ نہٕ۔ بس،

چمکہٕ وُن نب تہٕ نبس منز رقص کرٕنی تارکھ۔

''یہِ چھُ سائنس دیدٕ مان۔ یہِ جاے، کتھٕ لُبتھ ژٕ نے کا کا؟ ئہِ تہِ ہے یتھ علاقس ویو دِ چھس، مے کونہٕ وُچھ یہِ جاے وُنیگ تام۔''

''مے تہِ وُچھ واریاہ ژٕ پرٕ ژٕ اوٗنگھ مے اوٕ کنی یور زِیو دوے گُنہِ وِز زندگی منز میوٗن ضرورت پییٖ، میانہِ مشوٗرک حاجت لگی۔ یوٗ تے اُسی زِیوان۔ ئہِ سمکھے یٖتھن۔''

''کا کا! یہِ کرِژھ غاُرسائنسی کتھ چھکھ کران۔''

''یوٗ تام ثابت گرٕژھ، توٗ تام چھےٚ پزٕی غاُر سائنسی، توٗ تام چھےٚ پزٕی جہالتھ۔ مگر ییلہِ ثابت گرٕژھ، تیلہِ ژھانڈکھ ژٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سائنسی جواز۔ چھُنا...... بیٚہہ رژھ کھنجہِ''

''کا کا، ژٕ نے چھییٚ نہٕ ہمت۔''

''مے چھِ از واریاہ ہمت گوٗبرا، مگر پگاہ آسم نہٕ، تِکیاز اُز یگ تھکُن نیرِ پگاہ۔ واریاہ مُشکل تکی ینہٕ نتہِ دژاے۔ زندگی بنے یہِ منزٕی منزٕی ووبالِ جان۔ مگر چانٛنی حوصلن، چانہِ بہودری، چانٛنی سوچن دیُت نہٕ اسہِ پتھر پینہٕ۔ اسہِ کوٗرتہِ حاصل یٖمہِ خاطرِ اُسی دژاے۔ مگر ژٕ نے چھیہِ باسان زِ اسہِ پزٕ ووٚ کینژہ؟''

''کا کا، کیاز زِنہٕ، کم سے کم لوٚب تمو پزٕ انبو کتھو نِش نجاتھ۔''

''تمہِ ستی کیاہ گوٗو، اسہِ وؤن پزٕ ون دٚے بدلاوون تہٕ نوٚ وکرون

قائم ۔ نوٚو دٕے ہیوٚک نہٕ بناوِتھ مگر پانہٕ بنیٚے دٕے۔ یوٚ ہوے اوسا مقصد۔"

"اتھ منز کیاہ خطا چھ مےٚ، مےٚ کوٚر اعلان زِ بہٕ چُھس دٕے۔"

"ژٕے کوٚرتھ نہٕ مگر چانِہن لُکن نِش اُس نہٕ دوٚیم کانٛہہ چوٚیس۔ ژٕے یوت اوسکھ...... بس ژٕے۔ توٚے"

"ژٕ تہِ ہے اوسکھ کاکا۔"

"مگر بہٕ ما گوٚس یِمن لُکن نزدیک زانٛہہ۔ مےٚ ما پانہٕ ناوٚک یِم زانٛہہ۔ اوٚنی ہیوٚک نہٕ مےٚ سُہ مقام پرٛاوِتھ یُس ژٕے پرٛوٚوتھ۔"

"ووٚنی؟"

"ووٚنی چُھنہٕ کینٛہہ۔ دٕیہِ ناوس پتھ گرٛہ آسُن کینٛہہ۔ سُہ نہٕ تہِ ژٕے، مگر ہیوٚر کُن وُچھِتھ چھنا احساس گنان زِ اصلی دٕے چھ یہِ"

"کاکا یہِ چُھ محض سائنٛس۔ سائنٛس دٕیس ستی چُھنہٕ اتھ کانٛہہ واٹھ۔ کرِتھ کتھ، یوٚ دوٕے جواب دِیِ، بہٕ مانہٕ۔"

کاک چُھ اتھ سوالس پتھ تھوٚد ووتھان، ترٛ زٕ تُلان تہٕ ونان:

"ژٕیُس چھکھ تہٕ سُہ، میوٚن چھکھ دٕے۔ امہِ برٛونٛہہ زِ یہِ برٛم پھٹہِ، میانِہن آلوٚن دِ جواب۔ میانٛی ناد بوز۔ میوٚن فریاد بوز۔ ہے!! کتہِ چُھکھ......" کاکن دِژ برٛڑِ کرٛ یکھ مگر پننی آواز آیس واپس۔ سُہ بیوٚٹھ تھکِتھ پتھر۔ دس، گوٚس نزدیکھ، اتھس منز روٚٹنس اتھ۔

"کاکا، یہِ ناچھنہٕ ممکن۔ یہِ ہاچھِ بس قدرت۔ بیٚیہ نہٕ کہنی۔"

"چلو، تی صحی۔ مگر کُنہِ نتہٕ کُنہِ دوہہ کرِ یہ کتھ۔ ژٕ تھاوی زِ میانٛنہٕ کتھ یاد۔ یُوٗ زتھٕ۔"

امہِ پتہٕ چھِ واریاہس کالس دونٛوے اَتی یہان تہٕ تارکن ہُنٛد رقص وُچھان۔ ٹھنڈٕ ہوا چھاوان۔ کینٛژھِ کالی چھِ دونٛوے گرِ گُن واپس نیران۔ گرِ واتتھ چھُ کاک پننِس کمرس منٛز اژان تہٕ دُس، پننِس۔ راتھ ژہنٛدی بچیمتی کینٛہہ گھنٹہٕ چھِ تتھے گذران۔ صبحک آفتابہٕ چھُ کمرس منٛز داخل سپدان تہٕ دُس، چھُ اَچھن مؤرن دِتھ راتک سفر یاد کران۔ سو جاے، سہٕ تارکھ نب، سہٕ تارکن ہُنٛد رقص تہٕ کاکہٕ سُنٛد سہٕ گُفتار۔ اَتھی ستی چھُ دُس، لیف ہور دِوان داریتھ تہٕ کاکس وُچھنہِ گژھان۔ کاک چھُ وُنہِ شونٛگتھے آسان۔ دُس، چھُ کاکس نکھٕ گژھان۔ تس آلو دِوان تہٕ ہُشار کرنٕچ کوشش کران مگر سہٕ چھُنہٕ ہِتہ رِ وُزان۔ دُس، چھُ نبضس تھپھ دِوان نبض چھُ کرتامُک بیوٗٹھمُت آسان۔ دُس، چھُ کاکس نالہٕ متہِ رٹان تہٕ کانٛفی وَدان۔ تس چھُ باسان تِہنٛدِ سفرُک گواہ گو وُتس تر اُوِتھ۔ وونی گیہِ دُس، سنٛز تارِیخ اَنی تیار، وونی کُس ہیکہِ تتھ تصدیق کرِتھ تہٕ مانِتھ۔ ژیرتام کاکس ستی روزنہٕ پتہٕ گر تمی بستی خبر سارِی آے تہٕ آنگنس منٛز گیے جمع۔ سارِی اَسی احترامس منٛز کلہٕ بون کُن تھاوِتھ پڑاران زِ دُس، کیاہ حکم کرِ۔ اَمر سپد تی، یہِ اتھ بستی منٛز مرُوج اوس تہٕ کاک تہِ آو آبس حوالہٕ کرنہٕ۔

ڈ ری یاوس گوٚ و آب تہٕ وسان تہٕ لاشن تہٕ گوٚ و پننہٕ کوچھِ منز شرٛ پراوان۔ أڈی جن پتمین تہہ خانن منز تۆ یۆ تہٕ رٔنگی موجوٗ دتھاوان۔ وخ گوٚ و گذران تہٕ دُس، گوٚ و ووٚنی مکمل پأٹھی امہِ بستی ہُنٛد دَے تیار۔ سُہ اوس نہٕ ووٚنی پننہٕ کمرٕ نمبر نیران۔ منزٕ ہے کُنہ وِزِ آبہٕ جو یہٕ پیٹھ وسہِ ہے، اَتمن اُسی أمس پنٕنی ساری یاد پیوان۔ پنٕنی آشینٛی، پنٕنی موج، کاک تہٕ ہوٗن۔ یمن ہیکہِ نہٕ دُس، زانہہ تہِ منشِر تھ۔ تِکیازِ یم اُسی أہندِس پرٕتھ خوٗنہٕ قطرس منز شأمل۔ پرٕتھ قدمس گواہ۔ یمو بغأراوس أمس پٔنن پان خأ لی باسان۔ مگر یم رُکاوٕنی تہٕ اوس نہٕ أہندِ بن اتھن منز۔ وخ گوٚ و پرٕتھ کأنسہِ زخم بران تہٕ أہندِس قدس ہُر برکران۔ ووٚنی اُس أہندِس کمرس نیٚبرٕ کُنہِ گاش پھولنہٕ پیٹھے سبٹھاہ بڑ لأن لُجمو آسان۔ اَڈ بن اُسی مسلہٕ آسان تہٕ أڈی اُسی مسلہِ حل گرٕھتھ پٔنن نذرانہٕ اورانان۔ حالتھ اُس پنٕیہٕ سوے دُنیأوی گأمو تیار۔ دُس، اوس اتھ کتھِ تہٕ سٔنتھ مگر امہِ منزٕ نیرٕنک کأنہہ حل اوس نہٕ دُنہِ لَس بدست۔ وُچھان وُچھان بدلیوٚ وُ سورُے مگر دُ دَے رُ و دسے، کُنہِ تہِ حالس منز۔

اکہِ دوہ بن ییلہِ صُحأ ے دُس، نٛند رِووٗتھ، دروازس پیٹھ وُچھ نہٕ أمی ٔکھنی۔ نمبر دِرٛ اوتہٕ لأن تہٕ اُس نہٕ ٔکھنی۔ سُہ گوٚ و حأران زِبستی والیو مابنوٚ وٚ پنٕیہٕ کأنہہ دَے۔ دَے دُنٛتھ پتہٕ توٚ ہنٛد وجوٗ د برقرار روزن چھنہٕ بڑ کتھ۔ دُس، گوٚ و تھوڑا پریشان۔ اکہِ حسلہٕ اوس سُہ سونچان زِجان گوٚ و، مگر پنٕیہٕ حسابہٕ

اوس تس یہِ سوال زِیوٚ دوَے بدل کانٛہہ دَے مقرّر گوٚمُت آسہِ، تیلہِ واُژ کتھ بیٚیہِ توٚتُے۔ تمہِ خوتہٕ چُھس بُئ جان۔ توتہِ چُھم تجرُبہٕ، سائنس چُھس زانان۔ تتیُک علِم تہِ چُھم ہیوٚ چھمُت۔ یمن سوالن منٛز تمیٚ دور تہٕ ووت بستی منٛز۔ بستی منٛز اوس ژھوواپاسیٚے وُدن تہٕ رِوُن۔ درواز یلہٕ مگر کانٛہہ اکھانہٕ نبمر۔ ساٗری گرن اندر قاٗد۔ دُس، گوٚو حاٗران تہٕ اُتھی منٛز ژاوسہ اَکِس گرس اندر۔ اتِہ وُچھِن گرِکی باٗژ پتھرِس پیٹھ زن تہٕ چھوچھراے کران۔ زنانہٕ رِکھو مرد۔ اُمس توٚر یکدم فکرِ زِ بستی چُھ کیٛاہتام ووباہ آمُت۔ اُمی گرِی کینٛہہ جوان جمع تہٕ گژھکہٕ نوٗون آب۔ تتہٕ ژاوبن کینٛہہ جڑی بوٗٹی تہٕ دیٚتِن لُکن چینہٕ باپت، مگر فرق گیہِ نہٕ کانٛہہ تہِ درٛینٛٹھی۔ یُس صبحن بیمار پیوٚ وَ، شامن گوٚو سُہ مرِتھ۔ یتھ پاٗٹھی کھٗتی لاشن ہنٛدی ڈھیر۔ ڈٗری یاو تہِ پھوٚٹ لاشوٗستی۔ ووٚنی آسہٕ نہٕ لاشہِ پھٹان ٹکیہِ پیٚٹھے روزان۔ تِکیاز زِیو نہٕ آسہ بے شُمار لاشہِ، یمہٕ نہٕ وُنہِ گاڈو کھیموٚے آسہٕ۔ یا گاڈو تہِ ما اوس یمہٕ کھینٛس اِنکار کوٚرمُت۔ تمن ما اوس فکرِ توٚرمُت زِ یمن چھےٚ کیٛاہتام بیماٗری۔ وُچھان وُچھان ہیٚوون بستی خاٗلی گژھنۍ۔ ساٗری اُسی دُس، نس نِش یہِ وومید تھاٗوِتھ زِیو ہے بچاوِ۔ یہِ چُھ دَے۔ مگر یہِ طاقت اوس کتہِ اُمس زِ یہِ رُکاوِ ہے ووباہ یا موت۔ دُس، گوٚو پریشان تہٕ تس باسیوٚ وَ پنُن پان سبٹھاہ لوٗکُٹ، سبٹھاہ حقیر۔ ییٚلہِ تمی لوٗکٹۍ لوٗکٹۍ بچہِ مران وُچھ، ییٚلہِ تمی جوان ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹ کران وُچھ۔

ییلہِ تِمۍ ڈ۪ری یاوس منٛز لاشن ہِندۍ انبار وُچھ۔ سُہ ژۄل تہٕ ووت پننس کمرس منٛز۔ اتہِ تہِ آس نہٕ قرار۔ یہ وِز اُس کأنٛسہِ کینٛہہ منگنٛچ، کأنٛسہِ نِش رحمک درخواست کرنٕچ۔ مگر تیٚتھ کانٛہہ اوسُے نہٕ اتھ بستی منٛز۔ یِمو اوس گوڈٕے تِمو وتو نِش فرار حأصل کۆرمُت۔ دس، گۆو وزَن تہٕ پاگل۔ ودَن کرٕبکھ زن آسہِ تس کٲنٛہہ کٲرِتھ سرتل تٕراوان۔ تِمۍ کٔر واریاہس کالس ژھرٕ ژھرٕٹ تہٕ اُخرس نیٚون فأصلہٕ تتھ جایہِ گرٕھنگ یۆت سُہ کاکن نیٚومُت اوس۔ تِمۍ وچھِ موچھِ زِ تہٕ گٔنی دورِ کۆرُن سُہ سفر طے تہٕ ووت تتھ ڈٕ کرِ پیٹھ۔ تتہِ اوس تِتھُے عالَم۔ تارکھ اُسۍ رقص کران زۄن زن اُس اسمان۔ سورٕے اوس لگِے۔ دس، ووت اتھ جایہِ۔ اسمانس کُن گٔرِن نظر تہٕ سوچُن زِ مےٚ چھاسُے دَے بُلاوُن یُس مےٚ بدلاوُن یہٕ ہوَ...... سُے دَے۔ مجبوٗری اُس یژھ زِ تِمۍ دِژ گٔنی کرٕبکھ:

”مےٚون فریاد بوز، مےٚون فریاد بوز“

”یہ کیاہ زِ بوزِ، ژٕ ہے پانہٕ دَے چھکھ۔ پانٕے ژھانٛڈ حل۔ مےٚ کیاہ زِ چھکھ فریاد کران۔“ دس، گۆو حأران۔ اورِ یور دِژن نظر زِ بیٚیہِ ماچھ کانٛہہ اَتھن، مگر کانٛہہ گوس نہٕ نظرِ۔ تس تۆر فکرِ زِ یہ چھےٚ اسمأنی آواز تہٕ یہ چھُ سُے۔

”مےٚ چھِ پَے زِ ژٕ نےٚ ہیوٚتھ مےٚ انتقام۔ مےٚ چھُ پَے زِ ژٕ نےٚ واتہٕ نو وُتھس یہ اتھ مقامس، ییٚتھِن مےٚ لالچ ہُریوو، ییٚتھِن مےٚ روتبہٕ

بڑیو وٗ، پیٚتھین ئہ یمن ہُنٛد دَے بنٛیوس۔ تہٕ ووٚنی لو گتھس۔ یتھ والہٕ واشہٕ۔"

"مےٚ کوٚر نہٕ کھیٚنہٕ۔ یہٕ چھُ سپدوُن، یہٕ سپد، ییٚتہٕ تہٕ تہٕ تتہٕ تہٕ۔"

"مگر کیاز؟ جوان چھِ مران، لوکٕٹ دودٕشُری چھِ مارٕ گژھان۔ ژٕ چُھکھ نا یہٕ دوکھ محسوٗس کران۔"

"ئہ کیازِ کرٕ محسوٗس؟ محسوٗس چھُ ژےٚ ہوبن دَیَن کرُن، یمن رِشتہٕ چھُ یمن بستیَن ستی۔ مےٚ کیاہ چھُ، مےٚ واتہٕ نہٕ کانٛہہ کینٛہہ......"

"ژٕ چُھکھ دَے، خوداے، بھگوان، گاڈ۔"

"دسبٹھاہ سُلہٕ پیوٚے ژےٚ یاد زِ ئہ گُس چھُس۔ ہُنٛہہ۔ کوتاہ وخ کوٚرُتھ ضایہٕ، پتہٕ تہٕ تہٕ یمن ہُنٛد تہٕ۔"

"میوٗن سوال چھُ وُنہٕ سُے۔ یوٚ دَوے دَے چُھکھ تیلہٕ کیازِ چُھکھ نہٕ مدد کران۔"

"ئہ یوٚ دوَے نہٕ مدد کرٕ، ژےٚ چُھیہٕ باسان ییٚتہٕ ژٕ ژٕلتھ آکھ، تتہٕ آسہٕ ہے وُنیکتام زِندٕ کانٛہہ۔ یا یمہٕ بستی ہُنٛد ژٕ دَے چُھکھ، اتہٕ آسہٕ ہے بچومُت کانٛہہ؟"

"ووٚنی موکلاویہٕ ووباہ، یہٕ بمارِی۔ لاشن کھٔتی ڈھیر، دودٕشُری تام گےٚ مارٕ۔"

"چانٛزٕ کنہٕ، چانہٕ سوچہٕ تہٕ فلسفہٕ کنہٕ۔"

"ئہ چھُس کینٛہہ تہٕ کرنہٕ خاطرٕ تیار مگر بمارِی گژھ ختم گژھنہٕ۔

موت گوٚژھ پتھ ہیوٚن۔"

اَمہِ پتہٕ چھےٚ تَنی اَسمانہٕ وُزملہٕ گژھان۔ اِمکہِ گاشہِ چھےٚ سأرٕ ے ڈٕ کرروشن گژھان تہٕ 'س' چھ پتھرِ یوان لاینہٕ۔ یِیلہِ تس أچھ کھُلان چھےٚ، سأرٕ ے بستی چھےٚ تس أندی أندی آسان۔ تم چھِ سبٹھاہ خوش آسان زِ دِین بچأوی تم۔ بمأری چھےٚ آسان موکلیمٕژ۔ سأری چھِ آسان ٹھیکھ سپدی مٕتی۔ آبس منز چھےٚ لاشہِ تہٕ آسان یوٚن وژھمٕژ۔ یم سأری چھِ أمِس نکھس ٹلان تہٕ بستی منز نژان نژان تہٕ گیوان واتہٕ ناوان۔ اتھن یتھے 'س' چھ یوٚن وسان، یہِ چھ پنہٕ نِن سارِنٕے لکن جمع کران تہٕ تمن ونان:

"یہِ بستی تژ اونک وخ ووت۔ از بٕ وٚنہہ لگ بھگ شیٹھ وٕری چھےٚ اَسہِ غلطی گأمٕژ۔ سو غلطی چھےٚ اسہِ ووٚنی دوٗر کرٕنی۔ تُہنٛدی جد یمہِ بستی پیٹھ ژٕلِتھ چھِ آمٕتی، اسہِ چھ حکم زِ اَسہِ چھ توٚری واپس گژھن۔ اسلئے کٔرِو سارِنٕے تیأرِیہِ۔ پنُن مال، جایدادسوٗرے ٹلوٚمٕتی۔ تتہِ چھ اسہِ نوٚسرٕ سوٗرے شروع کرُن۔ تکیأزِ تتہِ چھ سون خوداے، سون دَے۔"

"مگر سأنی دَے چھِو توٚہی۔" لکو دِژ آواز۔

"نہ نہ، بٕہ چھُس توٚہی ہیوٚ اکھا۔ مے مہٕ وٕنو دَے۔ بٕہ چھُس نہٕ کانٛہہ خوداے۔ بٕہ چھُس نہٕ کہنٛی۔ تیأری کٔرِو واپس گژھنٕچ۔"

أتھی منز چھ دوٗرِ زن شور ووتلان۔ سأری چھِ کن دِوان۔ شور چھ

ہُران تہٕ پہاڑن پیٹھ چھِ لُکھ ظاہر گژھان، ساسہٕ بِدی تہٕ لچھِ بِدی۔ 'دس'
یُتھے یمن کُن نظر چھ تژ اوان، سُہ چھ تژ ہران۔ سُہ چھ سونچان زِ شیٹھِ
ستتہِ وِہری پیٚیا یمن سو کتھ بیٚیہِ یاد تہٕ یم آے ژھانڈان ژھانڈان یور۔
یم مارن بیٚیہٕ سارِنے۔ اکھ وباہ موکلیوٚ وَتہٕ بیٚیا کھآو شاید۔

''یم کم چھِ؟'' کُمی تام کوٚر سوال تہٕ 'دس' وۄتھ:

''یم چھِ تمے، یمن نِش اسہِ گژھن اوس...... وونی!'' امہِ پتہٕ گوٚو
'دس' خاموش۔ اَمی وُچھ کُستام بُزرگ دورِ اَمس کُن یوان تہٕ اَمس
نالہٕ متہِ رَٹان۔

''مے پچھان، بہٕ چُھس سُے پُلسہٕ وول یُیمی ژِ بیٚیہٕ تژ اوِیوٚ کھ۔''

''از آیا یم مے بیٚیہٕ مارنہِ۔''

''نہٕ۔ یم تہٕ چھِ پیٚتی روزُن یژھان، چانِس نوِس خودا یِس ستی۔
نوِس دَیِس ستی، یُس ژے بنوُتھن، یُیمی ستیٚ ژے تلاش کُرتھ۔''

''کیاہ!! مگر کیا زِ؟''

''پژون خودا ے، پژون دَے پژانیوٚ وَ شاید۔ اوٚ تام اوسے ژیٚے
یوت امیک احساس مگر ووں گوسارِی ہے بستی۔ یم چھِ یُوھان ژے پتہٕ
پتہٕ پکُن، ژے ستی روزُن۔ تِکیازِ چانہِ بستی کُر سبٹھاہ ترقی نوٚ ودَے
پژ اُوتھ۔ تہٕ اَسی گے سبٹھاہ پتھ پژ اَنس دَیس ستی روٗزی روٗزی۔''

'دس' گوٚو یہ بوٗزتھ پریشان، تس اوس نہٕ فِکری تران زِ اصل

حقیقت کیاہ چھےٚ ۔ یُہ دوٚے سُہ تہِ اپزُ ے چھُ تہٕ یہٕ تہٕ اپزُ ے چھُ ، تیلہِ
کیاہ چھُ پزر، کیاہ چھِ حقیقتھ ۔ دٚے کُس چھُ ، بھگوان کیاہ چھُ ، خوداے
کُس وَنو ۔ وار یاہ سوال اُسۍ تس أندری کھران ۔ سُہ اوس ووٚنۍ اصلی پزر
زانُن یَژھان ، مرنہٕ پتٕھ تہِ تہٕ مرنہٕ برٛونٹھ تہِ ۔ کوٚت چھِ گژھان لُکھ
تہٕ کتہِ چھِ یوان ۔ کُنہِ خزانہٕ منٛز چھانیران تہٕ کُنہِ خزانس واپس اژان ،
کرنسی ہنٛدی پأٹھی ۔ یی سونچان سونچان آوتس وُتارٕ تہٕ سُہ آو پتھر لاینہٕ ۔
ساسہٕ بٔدۍ لُکھ گےٚ أنٛدی أنٛدی جمع گژھان ۔ پہاڑو پیٹھٕ گےٚ لُکھ اوٚتن
واتان ۔ مگر دس اوس پننس سفرس روانہٕ سپدمُت ۔ لُکھ اُسۍ ماتم کران ۔
وَچھ ژیٹان ، وَدان ۔ تہٕ فأصلہٕ سپُد زِ یہٕ واتہٕ ناوون توٗرُ ، یتہِ پیٹھٕ یہٕ
آمُت اوس ۔ سوے چھےٚ أہنٛز اصلی پتھر ، تتی چھِ أہنٛدی موٗل ۔ مگر بستی
ہنٛد بولکو کوٚر اعتراض زِ أمۍ ہنٛدی سأری ٹاٹھی چھِ دریاوِ بزِ گاٹتی ، أمِس
تہِ پیٚیہِ تی کرُن ، تاکہِ یہٕ تہِ واتہِ پتمِن نش ۔ لچھِ بٔدۍ لُکھ چھِ أہنٛدِس
أخری سفرس منٛز شأمل سپدان ۔ تہٕ یتھےٚ تس دریاوس لایان چھِ ، گوڈنچہِ لٹہِ
چھےٚ آبہٕ لہر سبٹھاہ ہیوٚ رکھسان ۔ زن تہٕ ونان زِ اسہِ روٗٹ یہٕ مگر سوچہِ
بغأر ۔ او ہنٛد سوچ چھُ بستی منٛزے ڈولان تاکہِ تلاش روزِ جأری ۔

...............

# TALAASH ROZE JARI

## Novel

By: Dr. Sohan Koul

وُچھان وُچھان ہیٚوٚن بستی خٲلی گوٚھنہٕ۔ سٲری ٲسۍ تَس نش یہِ ووٚمید تھاٚوِتھ زِ یوٚہے بچاو۔ یہِ چھُ دے۔ مگر یہِ طاقت اوس کتہِ اَمِس زِ یہِ رُکاوِ ہے وباہ یا موت۔ دَس گوو پریشانِ تہٕ تَس باسیوٚ وۄنۍ پان سیٚٹھاہ لوٚکٕٹ، سیٚٹھاہ حقیر۔ ییلہِ تَمۍ لوٚکٕٹۍ لوٚکٕٹۍ بچہِ مران وُچھ، ییلہِ تِمۍ جوان ژھَرٛ ژھَرٛ کران وُچھ۔ ییلہِ تَمۍ ڈٕرۍ یاوس منٛز لاشن ہندۍ انبارٕ وُچھ۔ سُہ ژٕدل تہٕ ووت پنٔنِس کمرس منٛز۔ اتہِ تہٕ آس نہٕ قرار۔ یہِ وزٲ اُس کاٚنٛسہِ کیٛنٛہہ منگنٛچ، کاٚنٛسہِ نش رحمک درخواست کرنٛچ۔ مگر تیٚتھ کانٛہہ اوسُے نہٕ اتھ بستی منٛز۔ یِمو اوس گوڈے تِموِ تٔمۍ نش فرار حٲصِل کوٚرمُت۔ دَس گوو زَن تہٕ پاگل۔ وون کرٛبکہِ زن آسہِ تس کٔنِن کٲرِتھ سرِتل تراوان۔ تِمۍ گروار یاہس کالس ژھَرٛ ژھَرٛ تہٕ اَخرس تیٚوٚن فٲصلہِ تھِتھ جایہِ گوٚھنَک یوٚت سُہ کاکن تیٚوٚمُت اوس۔ تِمۍ وۄچھ موچھِ زِ تہٕ گُنۍ دور

کوٚزُن سُہ سفر طے تہٕ ووت تتھ ڈِکرِ پیٹھ۔ تتہِ اوس تتھے عالَم۔ تارکھ ٲسۍ رقص کران زۄن زن اُس اسمان۔ سوٗرے اوس الگے۔ دَس ووت اتھ جایہِ اسمانَس کُن کٔرِن نظر تہٕ سوٚنچُن زِ نے چھاسۍ دے بُلاون یُس اَمے بدلاون یَژھوٚ...... سُے دے۔ مجبوٗری اُس یِتھ زِ تِمۍ دِژ گُنۍ کرٕکھ: ''مےٚیوٚن فریاد بوز، مےٚیوٚن فریاد بوز''



Design & Printed by
AHP Wathora # 9596076141